کتابہِ ہُنٛد ناو : وأنجہِ وَتھ
مُصنفہ : ڈاکٹر نیلو ناز نحوی قادری (9906570372)
قلمی ناو : نیلوفر ناز نحوی
روزن جاے : 62۔اے گوگجی باغ سرینگر
پیشہ : ریٹائرڈ پروفیسر
صفحات : 108
سنہ اشاعت : 2020ء
قیمتھ : 300/ ترٛے ہتھ روپیہِ
تعداد : 500 ہتھ
سرورق : حارث احمد قادری
طباعت : الحیات پرنٹوگرافرس سرینگر 2473818

ISBN: 978-93-5396-413-9

WAENIJI WATH
(A book of short stories)
Copyright and published by:
Dr.Neelofar Naaz Nahvi
Year of edition:2020
Price Rs.300/=
Printed by: alhayat Printographers
srinagar 7006575292

# فہرست

# کأشرِن افسانن تازٕہر بر

مےٚ چھِ یِیمہِ کتھہِ ہنٛز بڑٕ خوشی زِ پروفیسر نیلوفر جی آیہِ کأشرِ زبأنۍ کُن تہٕ امہِ لیکھی کأشرِس منٛز تہٕ افسانہٕ۔ امہِ چھِ اردوٗ زبأنۍ منٛز ازتام وارِیاہ کینٛہہ لیوٗکھمُت اما کأشرِس منٛز چھپےٚ میأنۍ کنہِ یہِ یہنٛز گوڈنیچ سوٚمبرن۔ یہنٛزن اردوٗ کہأنین منٛز تہٕ چھےٚ کٔشیرِ لبنہٕ یِوان اما کٔشیرِ منٛز روٗزِتھ کأشرِس منٛز افسانہٕ لیکھٕنۍ چھنہٕ لوٚکٕٹ کتھ، تتھ چُھ وجہ یہِ زِ یِیٚتہِ چھےٚ پرٕتھ طرفہٕ تمہٕ حقیٖقژ چھکرتھ یمہٕ بٔیس افسانہٕ باسن تہٕ تم افسانہٕ تہٕ چھِ مشہوٗر یم حقیقت زأنِتھ وُچھنہٕ تہٕ پرٕنہٕ یِوان چھِ۔ تہُند کرِ واندازٕ یِیلہِ پوٚز اَپزٕ باسہِ تہٕ اپزٕ پوٚز، انسان کتین وَٹہِ أچھی تہٕ کتین گنٛڈِ مُد یے۔ اتھ موضوٗع ژھارُن تہٕ تتھ زبٕ دِنۍ، بعضے پأرِمس سوچس کأشرِی جامہٕ وٕلنۍ تہٕ پأرمہِ زبٕ کأشر محاورٕ آپرُن، پتہٕ سُے باضے شرٕ وپراوُن تہٕ باضے دروکھ کرٕ ناوُن۔ یہِ چھُ بوٚڈ آرٹ، یُس نہٕ سارِنٕے تگان چھُ۔

پروفیسر نیلوفر جی پرنو فارسی، لیوٚکھُن اردو تہٕ سوٚرُن تہٕ سوچُن کأشر۔ اِوکنۍ چھِ یہندِس لیکھنس منٛز ترٕیشوٕنۍ زبأنین ہنٛدی ژھایہِ گتی لبنہٕ یِوان۔ یُہند کمال چھُ زِ یمو بیوٚن بیوٚن کیفیتو باوجوٗد چھِ یہِ پٕنٛنۍ کتھ وَننس منٛز نہ صرف کامیاب بلکہِ چھِ موثر تہٕ۔ یہندی موضوٗع چھِ بروٚنٛہہ کنہٕ اما یِیلہِ سنوتیلہِ چھِ

سانہِ سماجکۍ تِنٛ گوگل نِٛ نیران۔ گُنہِ گُنہِ باسہِ یِہُنٛز کانٛہہ کہانی مثالے
''بوٗٹ''، ''دأنجہِ وَٹھ'' بیترِ کیٚنٛژن ہُنٛز زمژن کتھن ہُنٛد صدائے بازگشت، اما
حقیقت چھےٚ یہِ زِ یِمو چھِ سانہِ پننہِ معاشرِ منٛز کردارژ آری ؤتی تہٕ پتہٕ تِمن زوٗ دِتھ
تِمن مأدان دِتھ تِہنٛدی أنٛدرِم جذبہٕ تہٕ احساس پننہِ باوٕ ژبلہٕ ستی نِٛ کڈی ؤتی۔

مےٚ چھُ بروٗنٛہہ کرتام ابسے لیس منٛز لیوٗ کھمُت زِ مصنف لیکھی تن کینٛہہ تہٕ، اما
لؤکھ پرنس تی یہِ کأتب لیکھبس۔ یِتھ سومبرنہِ تہٕ چھُ کأتب صأبن پننہِ عدم
الفرضی تہٕ بے توجہی ہُنٛد شرف بخشُمت۔ مثالے ''کُتی'' اوس لیکھُن تہٕ ''کُت''
چھُ لیوٗ کھمُت یا أسی، بدلہٕ چھُ ''أس لیکھنہٕ آمُت۔ زانُن گژھِ یِیلہِ جُملہٕ پتھ
جُملہٕ پرن وألس رٕ کتھ سوچُن پیٚیہِ، تمہِ ساتہٕ گژھِ نیلوفر جی ہُنٛد لیکھُن گال
کھالس تہٕ اصل کتھ راوِ وارٕ حدس تام۔ مےٚ چھےٚ وومید زِ پزٕ یس حوالہٕ کرنہٕ
بروٗنٛہہ پرن نیلوفر جی یہِ اکہِ لٹہِ پانہٕ تہٕ کأتب صأبس دِن تصحیح کرنک موقہٕ۔ اِدٕ
پیہِ کتابہِ ہَن جان پأٹھی چھپتھ۔

مےٚ چھےٚ وومید زِ پرن وألی پرن یمہٕ کہانی دلچسپی سان تہٕ تِمن سپدِ مسرت
زِ افسانہٕ کِس دُنیہس منٛز گریزییہِ کأشرس اکھ نوٗ آواز۔ یہِ چھےٚ مدہم تہٕ گریز
وِنی تہٕ۔ خدا صأب دی نَس قلمس زیادٕ زوٗ تہٕ پرن والین ہُرِن وأنس۔ آمین!

دستخط

زمان آزردہ

سری نگر 27 جولایی 2019ء

# کتھِ کتھِ منٛز ابساوان کتھ

کأشُر افسانہٕ روٗد پننہِ کم وأنٛسہِ باوجوٗد تہٕ پننِس ارتقأیی سفرس دوران باقٕے نثری صنفن مقابلہٕ پنٕن تخلیقی عروٗج پراونٕک جتن کران ۔ ترقی پسند مزازس خأر باد گرِتھ پھانٛپھلاوِن پننِس گُشادٕ ہلمس منٛز تم بیشتر موضوٗع، یم انسأنی زندگی تہٕ زمانہٕ کین بدلوٚنین تقاضن ہنٛدی دعوادار آسی تہٕ روزن تہِ ۔ شأعری مقابلہٕ ہرگہہ افسانہٕ خأرجی بندی شوٚنشہِ آزاد چھُ تہٕ عام انسأنی زندگی ہُنٛد ترجمان، اماپوٚز تہِ گرِتھ تہِ چھےٚ اتھ نثری صنفس پنٕنی مخصوٗص ہیت تہٕ لسأنی شناخت ۔ یوسہٕ اتھ ناول، ڈرامہ تہٕ ابسے ہشن نثری صنفن نشہِ الگ کڈان چھِ ۔ یہ بدوٗن شناخت ورتاونہٕ باپتھ گژھِ افسانہٕ نگارس زندگی ہنٛدِ بن مختلف شعبن ہُنٛد مطالعہٕ تہِ آسُن تہٕ افسانوی ہونرتہٕ بدس آسنہٕ ۔ امہِ باپتھ ہیکہِ سُہ بیانس تہِ کأم ہیتھ تہٕ مکالمس تہِ، علامت تہِ ہیکہِ ورتأوِتھ تہٕ تمثیل تہِ ۔ زبأنی منٛز موجوٗد لفظن ہندِ بن معنوی امکاناتن تام گژھِ تس واتنیار آسُن تہٕ تہُنٛد ورتاوُن وَل تہِ ۔ تِکیازِ کُنہِ تہِ تخلیقی فن پارک باون وسیلہٕ چھےٚ زبان تہٕ زبأنی ہُنٛد یوہے تخلیقی وَل چھُ قأری لیس تہٕ تخلیقکارس درمیان بُنیأدی رشتہٕ قأیم کران تہٕ عام زبأنی تہٕ تخلیقی زبأنی درمیان پھیر ہاوخصوٗصیت تہِ چھِ یوٚہے

لسأنی ول مقرر کران۔ افسانہٕ چھُ بُنیادی طور کُنہِ مخصوٗص زمانس تہٕ کأنسہِ مخصوٗص کردارسٕنز زندگی ہُنٛد کُنہِ مخصوٗص واقعٕک وجوہی ترتیب تہٕ یہ سورُے تتھ مروجہ زبأنی منٛز یوسہٕ زبان تمہِ قومٕچ مشترک میراث آسہِ۔ اتھ کُلہم پوٚت منظرس منٛز چھُ کأشُر افسانہٕ کأشرِ ادبی تواریخٕک اکھ تیٚتھ مولُل گنجینہٕ، یُس ہندوستان چین اہم زبانن ہٕنٛدس افسانوی سرمایس لرِ لوٚرتھأوِتھ کأشرِ ہن ہٕنٛز ادبی پرتیت رچھان چھُ۔ افسانہٕ نگارن ہُنٛد اکھ بوٚڈ کاروان چھُ ازتہٕ پنٕنٕن پیشرو افسانہٕ نگارن ہٕنٛدہن قدمن ستی قدم رلأوِتھ پکان، یمن منٛز ڈاکٹر نیلوفر نازہش اکھ سنجیدٕ افسانہٕ نگار پٕنٕن خوش رفتار قلمی سفر جأری تھأوِتھ چھےٚ۔

ڈاکٹر نیلوفر ناز چھےٚ اُکس سوخن شناس قلم کار ہٕنٛدی پأٹھی اردو تہٕ کأشرِس منٛز پنٕنٕن تخلیقی جوہرن خوبصوٗرت لسأنی اظہارس حوالہٕ کٕرِتھ پنٕنٕن فنکارانہٕ صلأحیتٕن ہُنٛد نیب دِوان۔ تسٕنٛز تخلیقی آگہی ہُنٛد تخلیقی جوش چھُ تتھٕن دأخلی کٕنیو خأرجی مسلن تہٕ معاملاتن زیو انان، یم انسأنی زندگی ہٕنٛدہن مختلف شعبن ہٕنٛدی ترجمان چھِ، اوٚکنی چھِ یہٕنٛدی افسانہٕ سمأجی زندگی گُذارن وألس پرٛتھ فردِ ہٕنٛدِ باپتھ لگہأرتہٕ یہے لگہأری چھےٚ تخلیقی ادبک حُسن تہٕ یوہے حُسن چھُ ڈاکٹر نیلوفر نازجی ہٕنٛدہن افسانن ہُنٛد پرٛزناوُن نشانہٕ۔ نیلوفر نازجی ہٕنٛدہن افسانن ہٕنٛز بیا کھوٗبی چھےٚ یہٕنٛدہن افسانن ہُنٛد علامتی تہٕ استعأرأتی ورتاو۔ یہٕنٛدہن افسانن منٛز چھِ بعضے استعارن تہٕ علامژن منٛز ورتاونہٕ آمتی سمأجی وأری داتھ تہٕ کردارن ہُنٛد سوکھ دوکھ باوتھ پرٛاوان، یمہِ ستی امہِ قبیلہٕ کٕنن

افسانن ہُند حُسن پھولان تہٕ معنوی امکان وہراوپراوان چھِ ۔ راتہٕ کرٕیل، واوٕ ژھٹھ، قہر تہٕ انہار ہوی افسانہٕ چھِ اتھ پزرس نکھہٕ ...... افسانہٕ چھُ بُنیادی طور حقیقت پسندی ہُند أنہٕ تہٕ امہِ اعتبارٕ چھےٚ سمأجی زندگی افسانُک اہم موضوٗع رۄدمُت ۔ ڈاکٹر نیلوفر ناز چھےٚ امہِ اعتبارٕ أکس حساس سمأجی فردٕ سٕندی پأٹھی مسلن، معاملن تہٕ ورن وأرۍ داتن تتھہٕ پأٹھی زبو انان زِ پرن وول چھُ پنُن اۄندپۄکھ تہٕ تتھ أندی پکھس منٛز وۄتلن وول صورت حال دیدن ژرژان ۔ حالانکہ اکھ سمأجی فرد آسنہٕ کِنی چھُ سُہ سمأجی زندگی گوڈٕ ے وأقف آسان ۔ اماپۄز افسانس منٛز چھُ سُہ گوڈٕ ے زأنی یاب معاملن نوٕ انمانہٕ ژینان تہٕ امیک صورت حال تہٕ صوٗرت حالس منٛز وۄتلیومُت غم تہٕ خوشی محسوس کران تہٕ ادبُک بُنیادی مقصد تہِ چھُ فردس حظ تہٕ آگہی فراہم کرٕنی ۔ ڈاکٹر نیلوفر ناز جی ہٕندێن افسانن ہنٛز یہے خصوٗصیت چھےٚ پزتھ سمأجی زندگی گُذارن وألس لگہأری بخشان ۔ یِہندێن اکثر افسانن ہٕندی کردار چھِ زندٕ زُو باسان، یِم اسہِ ہوێن انسانن ہٕندی پأٹھی سوٗنچان چھِ، دوکھ سوکھ محسوٗس کران چھِ تہٕ پردێن پێنێن ہُند راوَن تیوٚل پھتران چھِ ۔ یوہے فن چھُ یِمن کردارن انسانی حُسن، سمأجی لگہأری تہٕ زمان ومکانس ستی ہم آہنگی بخشان ۔ کردارن ہنٛز زبان چھِنہٕ تخلیق کارگران بلکہ چھےٚ پزتھ کردارس پنٛنی موزوں تہٕ موافق زبان آسان ۔ یِہندێن افسانن منٛز چھےٚ پزتھ کردارس پنٛنی مخصوٗص زبان دِنہٕ آمٕژ، یِمہِ ستی افسانُک بُنیادی تاثُر راوَن چھُنہٕ ۔ ڈاکٹر نیلوفر ناز چھےٚ شعوری

طور افسانن منز کہأنی ہُنٛد عنصر رچھان تہٕ اتھ کہأنی ہٕنٛدِس عنصرس چھَنہٕ ابہام گویی چھپہِ دِوان ، یُس پلاٹ ِکس وحدتِ تاثرس دداِر واتناونہٕ ِنش بچاوان چھُ۔ یِہنٛدبن افسانن ہُنٛد یہِ حُسن چھُ پرن وألس افسانہٕ ِکس دأخلی کیٛو خأرجی ماحولس تہٕ مزازس نکھہِ انان تہٕ یہے چھےٚ افسانہٕ نگار ہنٛز کامیأبی۔

از چھےٚ ڈاکٹر نیلوفر ناز صاحبہ پننٮ۪ن افسانن ہنٛز سوٚمبرن ''وأنجہِ وَٹھ'' عنوانہٕ بازر کڈان ۔مےٚ چھُ یقین زِ پرن وألی لبن یمن افسانن منز پنُن پان، پنُن دود تہٕ دگ، پننہِ سمأجی زندگی ہُنٛد عروج وزوال، تہذیبی تہٕ تمدنی اقدارن ہُنٛد تسلسُل تہٕ گُلہم پأٹھی ماجہِ کٔشیرِ ہندبن اولادن ہُنٛد سوکھ دوکھ۔ یہِ افسانہٕ سومبرن سپدِ ضروٗر کأشرِ زبأنی باپتھ بارآور ثأبت ، نیلوفر ناز جی ہٕنٛدِس قلمس کھسہِ بیٚیہِ ہن بوش تہٕ یِہنٛد قلم تھاوِتھکھہِ روٗس پنُن تخلیقی سفر جأری تہٕ کأشرِس افسانوی ادبس روزِ اضافہٕ کران۔ انشااللہ۔

دعا گو

شاد رمضان



# گوڑ کتھ

اَزِ چ یہِ کتاب اُس زِ وٚری برونٛہہ تیار تہٕ اَسس چھاپنس وٲرۍ۔ مگر چونکہ کاشُرِس چھَنہٕ مےٚ کمپوزنگ پانہٕ تگان، اس لیے رُوٗ زیہِ کتاب باقین ہٕنز اُرزمان۔ یِیمہِ ستۍ امہِ کِس چھپنس ہنا ژیر سپُد، بیٚہِ پچ یہِ کتاب سرکٲری فایلن ہنٛدی پٲٹھۍ ٹیبلہٕ ٹیبلہٕ مگر دستخط گوس نہٕ کینٛہہ۔

گوڈنۍ زیہِ مےٚ اَکس صاحبس، دیپوٗمس اتھ دِیونظر۔ تِمۍ صاحبن دِژ شےٚ رٮ۪تھ گٔژھتھ وُچھنہٕ بغاَرٕے واپس تہٕ فرموٗکھ چھپاٛوِو۔ مےٚ دِژ بیٚیس صاحبس لیکھنہٕ باپت تِمۍ صاحبن دِژ اُٹھِ رٮ۪تۍ واپس دٕوپُن فرصت چھم نہٕ، توہۍ لیکھناوۍ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ۔ تمہِ پتہٕ دِژ بیٚیس صاحبس تیٚمۍ اتھ لیکھان لیکھان اَٹھ رٮ۪تھ لاگۍ۔ تِمو دیُت لیکھِتھ (خدا تھاوِن کھ وارِ) تہٕ دٕوپُکھ اتھ دِیونظر تہٕ بہٕ کرِ فائنل۔ نظر دنہٕ باپت دیُت مسوِدہٕ بیٚیس صاحبس۔ یِمو توٚ تام اوس مےٚ بڑٕ دِل دیُتمُت۔ مگر نظر دِنس لٔگۍ تتھ رٮ۪تہٕ واد۔ کالہٕ پگاہ کٔری کٔری اوس تِمۍ مسوِدہٕ گاڑِ منٛز تھوومُت تہٕ تِمس نِیکھ گاڈۍ ژٕوٗرِ تہٕ مسوِدہٕ تہٕ گوٚو تتھ ستۍ رحمتِ حق۔ خدایہِ

کران کران کوٗ ڈ نوٗ و مسودٕ تہٕ گوٗ وبِیہِ تہٕ اَکس دوٚن انسانن نِش وارِ وارِ۔ موٗختصر پأٹھۍ دزاو تمو دَلو تہٕ ووت نظرِ باپت بٔیس صاجبس نِش (تٔمس ژٔرنی اللّٰہ تعالیٰ رٕت) تٔمۍ دِژ جل جل نظر تہٕ یہِ کتاب ہیژِن کأنٛہہ شکل رٹنۍ۔ یمن صاجبن ہُنٛد ناوونہٕ بہٕ کینٛہہ خبر زانٛہہ ماپیہِ توہہِ تہِ تمن نِش کأم تہٕ توٚہۍ گژھو بدظن وُنی۔ مےٚ چھُنہٕ ووٗنی پانس تہِ یادٕ ےاتھ منٛز کیا کیا اوس لیوٗکھمت تہٕ کُس کُس افسانہٕ اوس۔

یہِ چھِ میأنۍ گوڈنیچ کأشِر افسانہٕ سوٗمبرن۔ توقع چھُم زِتھو سأری ژٔرِو وژھِ وأنٛجہِ مےٚ کأشرِس دُنیاہس منٛز استقبال۔ تاکہِ یِم مےٚ کأشِر مضموٗن تہٕ کأشِر شأعری لیچھہٕ ہٕچھِ سوتہِ واتہِ چھاپس تام۔

بہٕ چھس زمان صأبُن شکریہ وژھِ وأنٛجہِ کران زِتمو ژٔرِ مےٚ حوصلہٕ افزأیی تہٕ یتھ کتابہِ پٹھ لیوٗکھکھ پنٛن خیال مےٚ کأشرِس ادبس منٛز آو بھگت کرنس تہٕ پنٛنۍ رائے دِنہٕ ستۍ ہُرروٗکھ میأنہِ کتابہِ وزن۔

بہٕ چھس شادرمضان صأبُن شکریہ تہِ کران زِتمو پٔرۍ میأنۍ افسانہٕ تہٕ اتھ پٹھ ژٔرکھ کتھ تہٕ مےٚ ژٔرکھ حوصلہ افزأیی تہٕ میأنہِ کتابہِ ہُرروٗکھ مول۔

بہٕ چھس فِکشن رایٹرس گلڈچ تہٕ بڈٕ شُکر گزار، ییٚتہِ مےٚ امہِ کتابہِ ہنٛدی افسانہٕ پٔرۍ تہٕ ممبرانوٗ ژٔریمن پٹھ کُھلہٕ پأٹھۍ کتھ تہٕ اتھ ژٔرکھ شیرٕ پٔر۔

زمان صأبنۍ شکایتھ مدِ نظر تھأوِتھ ژٔرِ مےٚ حتی الامکان کوٗشش غلطی ین

ہُنٛد ازالہٕ کرنس تہٕ تصحیح کرنٕچ گٔرِم برپوٗر کوٗشش ،تہٕ گٔرتھ تہٕ آسن اتھ منٛز غلطی روزمٕژ ۔ ووميد چھَم زِ غلطی تہٕ کمی نظرانداز گٔرِتھ گرَ وتوہۍ وژھِ واٲنٛجہٕ مےٚ کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبس حوصلہٕ افزأیی۔

تُہنٛد شُکریہ

نیلوفر نازنحوی

62 اے گوگجی باغ سرینگر کشمیر

یہِ کِتاب چھس بہٕ پننہِ ماجہِ ہٕنٛدِ ناوٕ کران

تیمِ مےٚ أسِس مٲژ کاشُر زبوٚتژ آو

ژٕ دِکھ نا خوابٕچ مٲژ دیدار موجی

کرٕے نا ژٕےٚ بہٕ گتھ صدبار موجی

وَتن چانِن بہٕ کرٕ ہا پوشہِ وتھرُن

ژٕ یِکھنا میون گرٕ یک بار موجی

مےٚ أندری چھُم گٔمُت دِل چمن کتھن دتھ

بہٕ باوے حالِ دل دلدار موجی

زمانٕے چھُم دِوان ووٚزٕ طعنہٕ طعنے

وَنان میانِن أچھن اوٚش بار موجی

ژٕ ینہٕ میانو وتو نِش دوٗر گٔمُت

غمو چانو کوٚرُم لُرٕ پار موجی

نیلوفر ناز نحوی

# وأنجہٕ وَٹھ

خدیجہ أس دوشوٕنی شُربن کھونہِ کھونہِ للوان تِکیا زِ دوشوے أسی یکہٕ وٹہٕ وَدان۔ اَمس باسیوٚ وبہٕ گُس اکھ کرناوَن ژھوپہٕ امہِ باپت أس أکس اکہِ طرفہٕ پھٕکِس پیٹھ رٕٹتھ تہٕ بیٚیس بیٚیہِ طرفہٕ پھٕکِس پیٹھ۔

خدیجس أسی دوکہِ زاءتی تہٕ دوشوے أسی نیچوٚی۔ خُدایہِ سُنٛد دیُن تہٕ بیٚیہِ کیٚاہ۔ اکھ منگان لتس نیچوٚ مگر سُہ دِوان لتس کوٗرِ۔ اکھاہ منگن لتس کور، مگر سُہ دِوان لتس نیچوٚ۔ گوڈٕ چھُنہٕ أز کس زمانس منٛز کوٗرکاٗنہہ منگان؟ سارِنے گرٕھن نیچوٚی آءسنٕ۔ مے ہِوی آسن ہتہٕ منٛز جوراہ یِمن کورِ ہُنٛد طمع آسہِ۔ نتہٕ کیٚاہ نیچوٚ تہٕ کیٚاہ کوٗر۔ یہِ چھُ اللہ تعالیٰ سُنٛد دیُن۔ کس دِیہِ کوٗر تہٕ کس دِیہِ نیچوٚ۔ سُہ چھُ پانہٕ وَنان زِ مے تیٚمِس خوش کرِ دِمَس کورے یوٚت، تہٕ تیٚمِس خوش کربم تُمس دِمہٕ نیچوٚی یأتی۔ تیٚمِس خوش کربم دِمس کوٗرتہِ تہٕ نیچوٚ تہِ۔ تیٚمِس خوش کربم دِمس نہٕ کہٕنٕہ۔ سُہ چھُ مجاز، لتس گُس کھسہِ لوٗر رہتھ، کاٗنسہِ دِوان اکہِ بدلہٕ زٕ۔

خدیجہ أس یِم دوشوے شُری ہیتھ تیٚز خوش زِ یکوٹہٕ یِم دوشوے کھونہِ للہٕ وان اوسُس کیٚاہتام ہیوٚ باسان۔ پانٕسے سٕتی أس اَسان تہٕ پننہِ خوشی ہُنٛد

اظہار کران ۔ دوشوٕنی شُربن ییٛلہِ ننٛڈٕ رہیٛژن پیٛنز رُٹنٕ دوشوے کوچھِ منز ۔ أکس تھووُن أکس کوٛٹھس پیٹھ کلہٕ تہٕ بیٛیس تھووُن بیٛیس کوٛٹھس پیٹھ ۔ یوٛ تام ننٛدٕ رپییکھ ۔ أکس تھووُن راجہ ناو تہٕ أکس صاحبہٕ ۔ یمن دوشوٕنی اُس شکل تہٕ ہشی ۔ صرف اوس أکس ہونکنہِ پیٹھ بوٛڈ لکھچُن ۔ تہٕ بیٛیس نہٕ کہنز ۔

دوہ دوہ گوٛو گرٛھان راجہ تہٕ صاحبہٕ گےٚ بڈٕی بڈٕی گرٛھان ۔ سکول، کالیج، یونیورسٹی پرٕنک سلسلہٕ روٗد جأری تہٕ امتحانن پیٹھ روٗدی امتحان چلان تہٕ زندگی ہنٛز گاڑی روز چلان کیٛاہ بلکہِ دوران ۔

خدیجہ اُس واریاہ خوش آسان تہٕ پننس خاندارس اُس وُنی پتہٕ اُلچُھرٕ زِ شُربن کرو خاندر ۔ أمی سُند خاندار محمد علی اوس اکھ معمولی ملأزم ۔ سہٕ اوس یتھ تِتھ گرٕ چلاوان تہٕ شُربن ہنٛز پرٛھاےٚ اوس برابر تھاوان ۔ تمِس اوس تمناہ زِ یم دوشوے گرٛھن گوڈٕ کُنہِ بالہِ بچھِ لگنہٕ تہٕ اد گوٛو خاندر ۔

مگر خدیجس اُس فکر تہٕ اکہِ دوہ ووٛن تمی پننس خاندارس ”مےٚ دپیٛو واگر أسی دوشوے خاندر کرٕ ہاو، بہٕ انہٕ ہانوشہِ جورا گرٕ تہٕ پتہٕ کرٕ ہا آرام ۔ مےٚ چھُنہٕ وونی صحت ٹھیک آسان“ ۔

محمد علی ووٛتھس ”ژےٚ کوسہٕ باثر چھےٚ ۔ نوکری گرٛھبکھ آسنہٕ ۔ پگاہ آسبکھ ذمہ دأری تہٕ یم کیٛاہ کرن تمہِ ساعتہٕ ۔

”دوشویوٛ چھکھ PSC لیس منز فارم بوٛرمُت ۔ نوکری تہٕ بنبکھ انشااللہ“ ۔

خدیجن وۄن تہٕ محمد علین تہٕ دیتنس جواب۔ تتھ پأٹھۍ "ژےٚ ستۍ گوٚو عدِ یُتھے یم نوکری لگن تتھے کرکھ بہٕ خاندر"۔

خدیجن تہٕ ترٛ وو پھر بکھ ہیوٚ۔ مأنن خاندار ہنٛز کتھ۔ وق چھُ دوران تہٕ ژلان۔ اکھ دوہا ووت تہٕ یم دوشوے لگۍ نوکری۔ ووٚنی چھِنہٕ خدیجس زچین نال اتھِ یِوان۔ گراچھِ اکھ گرٕ وُچھان تہٕ گرابیا کھ۔ أکس اکھ کٹر کڈان تہٕ بێیس بیا کھ تہٕ أخرکار پانٛژھ او ننگجہ بیچھِ کنن دون، أچھن دون تہٕ وُٹھن دون پٹھ تہٕ گوٚو اقرار۔ خاندرٕچ تیأری گیہ بڈٕ زورٕ سان تہٕ رتہٕ کوٚل ووٚت تہٕ گو خاندر۔ خدیجہ أس توشان، اکھ خانہٕ مألی نچوٚی تہٕ بێیہ تمن ہنٛزٕ مہرینہٕ ۔ یِہ چھِ یمن اتھ پٹھۍ ٹلان تہٕ اتھ پٹھۍ تراوان۔ یمن ہنٛدی ناز تلان تہٕ یمن نوشن لاڈ کران۔

مگر یِہ خوشی کتِس کالس روزِہا...... اکہِ دوہ صُبحس چھِ ووٚتھان تہٕ محمد علیس کوٚرُن سینٛس زبردست دود تہٕ نیوکھ ہسپتال۔ مگر ہسپتال واتان واتأنی دیُت تمۍ امانت۔

خدیجس گوٚو گنبر تہٕ ہیوٚتُن لتس ہنٛزٕ جوأنی ززُراژُن ۔ أمس اوس ووٚنی سورُے دُنیا جہنم باسان۔ تِکیازِ گُتی اوُسس اکوٚت گرٕ ھان۔ نہٕ أسس ووٚنی مُجر اہی تہٕ نہٕ اوُسس ووٚنی عزت۔

دوہ دوہ گوٚو نیران تہٕ اکہِ دوہ کوٚر أمۍ ہنٛدِ بوشُر یوفأصلہٕ زِ تم نیرن بیوٚن۔ مکانس گرِکھ زٕ حصہٕ، مگر مسلہٕ ووٚتھ ماجہِ ہنٛد زِ موج کمس ستۍ روزِ۔ کمس نِش کھێیِہ تہٕ چێیِہ۔ خدیجس اوس پنُن پان تیوٚت گو بیومت باسان زِ تمۍ سنٛد بار

چھُنہٕ وُنۍ تٔمۍ ہٕنٛدۍ خانہٕ مالٕکۍ ہبکان تٕلتھ۔ سوٲس أنٛدری ودان۔ مگر اوش نہٕ دارِ وَسان۔ تٔمس اوس وأنجہِ رتھ وَسان مگر کأنٛسہِ اوس نہٕ بوزنہٕ یِوان۔

سورٕوز خلنہٕ مالِین ہٕنٛدِس فأصلس پژاران۔ آخر کار گوٚ ویہِ فأصلہٕ زِ رتبس منٛز روزِ موج پٔنٛدہن دوہن أکس نِچوٚس نش تہٕ پٔنٛدہن دوہن بێیِس نِچوٚس نش۔

خدیجس آو حُکم زِ سو آسہِ نہٕ بون دانہٕ گُٹھِس منٛز وسان۔۔ تٔمس آسہِ کھێن چێن تۆرۍ واتان۔ پٔنٛدہن دوہن لٕجۍ أکس نوشہِ کأم۔ سُہ اُس ماجہِ نش صُبحس چاے تہٕ دوہلہِ بتہٕ ہێتھ کھسان تہٕ پتہٕ أسس دِگرچ چاے تہٕ شامُک بتہٕ تہِ تۆرۍ نِوان۔ اتھ دوران ما أس أمِس بێیہِ کُنہِ چیزٕچ ضرٗورت تہِ وُچھ نہٕ کأنٛسہِ، ہوان دِوان مو کلے یم پٔنٛداہ دوہ تہٕ وأژ بێیِس نوشہِ ہٕنٛز وأرۍ۔ امہِ تہِ گٔریمن پٔنٛذہن دوہن صبح تہٕ شام، تہٕ شام صبح۔ تا کہِ یہِ مصیبت گوٚژھ کم گژھُن۔ خأرسان مو کلے یم پٔنٛداہ دوہ تہِ۔ مگر رتھ اوس اَگستک سُہ مو کلوٕ و نہٕ کینٛہہ، تِکیا زِ تتھ اوس وُنہِ اکہ دوہ باقی۔ مگر دوٚیمہِ نوشہِ اُس پنٛنِس پٔنٛدہن دوہن ہٕنٛز کأم مو کلاہٕژ تہٕ نوٚ ور بتھ اوس وُنہِ اژنے۔

از ہٕژُھ نہٕ خدیجس کأنٛسے۔ یہِ کتھ یێلہِ مارکس منٛز پێیہِ زِ خدیجس چھِ وُنہِ چاے چێنے۔ صأحبہٕ ووٚتھ پنٛنہِ زنانہِ "ماجہِ کیا زِ چھِ چاے چێنے۔ واہ ہے بجیہِ" زنانہٕ وژھس عٔڈِتھ تہٕ بوٗلتھ۔ سأنۍ پٔنٛداہ دوہ مو کلے نا، از چھِ راتٕچ وأرۍ۔

"مگر یہ چھُ نا وُنہِ پتٕمۍ رتھ چلان۔ کیٛاہ گوٚوا گر اسہِ پٔنٛدہن دوہن بجایہِ

شُراہ(16)دوہ ہٕن۔صاحبن سمجھاوزنانہٕ وارٕ وارٕ۔

نوشہِ ہارِ بنأو چاے تہٕ دژایہِ دزان تہ وُپھان چاے ہبتھ ہشہِ ماجہِ۔ تتہِ وُچھِن سو جایہِ نمازِ پٔپھ شۆنگتھ۔ییٚلہِ زیرِ دِژنس اور گۆونہٕ کاثہہ تہِ سٔر صدا۔خدیجن اوس ہمیشہ باپتھ آرام ترٛووُمت۔



# خۆنُک رنگ

نذیر احمد تہٕ فیاض اُس زبأے۔ پانہٕ وأنۍ اُسکھ زِ ۆری وأنسہِ فرق۔
نذیر احمد اوس جان پۆ رمُت لیۆ کھمُت تہٕ اوس جان عہدس پیٹھ۔ یعنی سُہ اوس
اُکس کمپنی مینیجنگ ڈایریکٹر تہٕ فیاض احمد اوس بچور کم پۆ رمُت۔ تِمس اوس نہٕ
پرنس کُن دلہٕ لگان تہٕ روٗدکم تعلیم یافتہٕ۔ مأکی ماجہِ کر یو دوشوٕنی شُر بن ہیۆ ے
لل کھول۔ مگر اُکس اوس زیادٕے وہن بانہٕ تہٕ بێیس اوس کہے پہن تہٕ روٗد
ہنا پتھ۔ سُہ لۆگ بێیس کمپنی منز کلرک۔

نذیر احمد اوس اصل جلیہِ نوکری کران اُمس آیہِ گرِ واٮ۪جی تہٕ پُرمژ لیچھ ہژ باگہِ۔
سو اُس ہایی سکۆلس منز وٕستانی تہٕ فیاض احمدس اُس گرِ واٮ۪جی UnderMatric
یو سہٕ گر ہے منز اُس اماپۆز گرِ کامین تہٕ کارن منز اُس سو طاق۔

دوشوٕنی باین اوس اکھ اکھ نیچو۔ تہٕ پننہِ پننہِ مقدوٗرِ مطأبق کۆر دوشوٕ یو بایو
پننین شُر بن ہُنٛد مستقبل رُت بناونُک چارِ۔ تہٕ رُت اُسی کانٛچھان تِمن باپت۔
نذیر احمد اوس سونچان زِ سُہ دیہِ پننِس نیچۆس رأ حیلس سبٹھاہ بڈ تعلیم تہٕ
سوزِ لیس امریکہ، تاکہِ امریکھس منز ہیچھِ نوٕ فسچ تعلیم تہٕ زینہِ سبٹھاہ زیادٕ پونسہٕ

تہٕ زندگی گژھبس سہل۔ زندگی منز چھِ روپے بڑ کتھ۔ روپیوٚ سٟتۍ چھِ زندگی تہٕ زندگی ہنز سارِے خوٚشیہِ۔ روپیہِ چھِ انسانس ہیچھ ناوان تہٕ روپیہ نہ آسنہِ چھِ انسانس منٛد چھاوان۔ تمۍ کرنوٚ وپٔنن نچو ڈاکٹری تہٕ سوٗزن امریکہ۔

یپأرۍ اوس فیاض احمدُن سہیل تہِ بڈٕ مخنتی۔ سُہ اوس محنت مشقت کران تہٕ پرانِ تہٕ زندگی ہُنٛد اکھ اکھ مرحلہٕ اُترٕاوان۔

تمس اوس نہٕ ڈاکٹری پرنک تہٕ انجینئری کرنک کانٛہہ لوے خوے۔ فیاض احمدن یپلہِ وُچھ نذیر احمدن سوٗز پٔنن نچو امریکہ اُمس تہٕ آیہٕ آیہٕ گٔلی۔ اُمس تہِ اوس دِل ووٚٹہٕ ووٚٹہٕ کرانِ زِ بہٕ تہِ سوزٕ ہن نچو امریکہ۔ دنیاتہٕ جہان چھُ ازپٔننن نچو ہن امریکہ سوزان۔ تمۍ یپلہِ یہِ کتھ نچوِس وٚنۍ۔ تمۍ وٚننس۔

''ہتا ابا ژٕ ے کم کوٚ طمع چھی۔ ژٕ سوز کھامے امریکہ۔

ہتا کیا زِ نہٕ۔ بہٕ چھس وَنان ژٕ یتھ اتھہٕ لاگکھ سُہ گوٚ ژھ سون بٔنن۔ مے تہِ چھُ طمع بہٕ کرہا چانہِ باپت خبر کیا۔ ابا اوس وُنہِ پٔنن کلامہٕ کرانٛی زِ اُمۍ ہنٛزِ ماجہِ دیٚت منٛزۍ دخل۔

نسانہ بہٕ تژاون نہٕ پٔنن نچو گُن تہِ۔ کمی کھمبو مگر غم ہمو نہٕ کینٛہہ۔ مے چھُ سہیل گُنی اُچھی گاش۔ اگر یہِ تہِ نیریم بہٕ گژھٕ گاشہٕ روس۔ بلایہِ آیہِ امریکہس، اسہِ چھِ پٔننۍ کشیر مأرۍ منٛز تہٕ لایق۔ دپ ووٚنۍ چھُنہٕ یتہٕ تعلیمہِ سوٗ قمتھ یوسہٕ نیبرِ مبن ملکن منٛز چھُ۔ مگر بہٕ کیا کرٕ پتٕنس دِلس یُس اُمس بغأر راوان چھُ۔

بلایہِ ژٕجس موج، بہٕ تھاون أچھن تل۔

سہیل ووٚتھ پننہِ ماجہِ ژُن۔

''ہتے اَمی ژٕ کتھے غم بران۔ بہٕ نے ترٛاوتھ ژٕ ژُنی زٕنی۔ مےٚ چھُ دِلس منٛز فأصلہٕ کوٚرمُت زِ بہٕ پرٕ پیٚتی تہٕ نوکری تہِ کریٚتی۔ کم زٕ نو یا زیادٕ مگر پیٚتی کھمو یکہٕ وٹہٕ بہتھ۔

''موج ژٕجیہِ بلایہِ تہٕ رتہٕ چھپہٕ۔ أتھی چھِ وَنان اولادِ صالح آسُن۔ خدایے دِنے زہنٛھ ووٚمُر تہٕ میوٚٹھ رزق۔ فیاض احمد گوٚو حأران پننہِ گرٕ واجنہِ ہُنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ۔ أس تہِ سوٚ پوٚز وَنان۔ اگر یہِ امریکہ گژھِ تہٕ أسی کس روزو۔

دوہا دوہا گوٚو گژھان تہٕ راحیلس میج امریکہس منٛز نوکری۔

سہیلن کوٚر آئی اے ایس تہٕ بنیوو پننہِ شہرُک ڈی سی۔ أمی ہیٚژٕ ماجہِ تہٕ مألس چھنہٕ پژٕہے یوان۔ تِہِ تہِ چھاسأنس باغس آو بہار۔ تتھ پھٔلی گُل تہٕ گلاب۔ سہیل نہِ ماجہِ ووٚتھ وَدنہٕ روٚستے اوٚش تہٕ ژٕلنٕ اتھہٕ زِ تھٔدی تہٕ ووٚنُن خدایس:

''خدایا...... بہٕ کتہِ اَنہٕ سو زبان تہٕ بہٕ کرے شکرانہٕ۔ یِی موٚنگمے تی دِیُتھم۔ شُکر تہٕ ثناچأنس دِنس''۔

سہیل اوس صُبحن تہٕ شامن پننِس مألس تہٕ ماجہِ نِش بیٚہان۔ سہیل نہِ

ماجہِ اوس اکھ عجیب تسلی۔ سو اُس سُہیلس وُچھِتھ خدایہ سٕنٛزِ بارگاہِ منٛز دلہٕ منٛزی شکر پران آسان۔

وق گوٚ وژلان تہٕ نذیر احمدس چھنہٕ امریکہ پٔٹھہٕ کانٛہہ تہٕ شیٚچھ پأغام واتان۔ راحیل اوس پننہِ کمپنی منٛز تیوٗت آوٗرزِ تُمس اُس نہٕ فرصت یِوان گرِ فون کرنس۔ سُہ اوس ووٚنی اُٹھہِ اُٹھہِ دوہہٕ فون کران۔ ژکہِ اُسی تُمس گرین کارڈ حأصل کرنہٕ باپت پانٛژٕوٗری یکہٕ وٹہٕ دِنی۔

نذیر احمدس اُس ووٚنی گلہِ زبوٗ گمُت۔ نہ اوس سُہ ہبکان کھأتھ نہ وأتھ۔ دارو کمیٛؤ پھاٹو کھ پننہٕ نی پٔنٛز۔ سُہ اوس سہیلنٛز ترقی وُچھتھ اٗندری اٗندری شینہٕ مانہِ ہنٛدی پأٹھی گلان تہٕ وبگلان۔

اکہِ دوہہِ کوٚر تُمی یورِ ے راحیلس فون تہٕ وونُنس۔ راحیلا ژٕ وولہٕ ووٚنی واپس۔ مےٚ چھےٚ ووٚنی وأنٛج پھٹنس اُمٕژ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ووٚنی ژےٚ بغأر روٗزِتھ۔ ماجہِ ہُنٛد حال تہِ چھےٚ یوٚہے۔ تُمس پھےٚ وأنٛجہِ دتھ گمُت۔

تورِ وونُنس...... پاپا جی تو ہِ چھا طبیعت ٹھیک۔ بہٕ سوزن تیلہِ ڈاکٹر۔

”کیا خبر؟...... کیا وَنے......۔

رأحیلن کوٚر ڈاکٹرس فون تہٕ وونُنس زِ سُہ گژھِ اُمی ہنٛدِس مألس نظر دِنہِ۔ ڈاکٹر شہاب آو رأحیلُن گرِ تہٕ دژنس نظر تہٕ وونُنس زِ بہٕ وَنہٕ تس پانے۔ ڈاکٹرس ہتی کتھ کرنہٕ پتہٕ کوٚر رأحیلن گرس منٛز لیب ٹاپک انتظام تہٕ مألس

ٲستی گٔرن لیب ٹاپس پیٹھ کتھ تہٕ ہوونس بُتھ۔ ٲستی وۄنس تُہۍ یمہِ ساعتہٕ یژھوٚ تمہِ ساعتہٕ ہیکو کتھ کٔرِتھ۔ مأُلس ماجہِ گوٚ وامہِ ٲستی رژھا تسلی۔

مژ گوٚو ہفتا اکہِ دوہہِ صُبحس ییٚلہِ نذیر احمدنۍ گرٕ وأٔجتی ٕنند رِؤٔژھ۔ یہِ چھےٚ دُچھان نذیر احمدس اوس أُسَس پوٚس کھوٚتمُت۔ امہِ سوٚمبر ومحلہٕ تہٕ سہیلس تہِ کوٚرُن آلو۔ سہیلن کوٚر رأُحیلس فون تہٕ وۄنس مأُلی سُنٛد حال۔

رأُحیلس گیہِ زیوٚ زن ننبگلتھ...... یوٚ تام...... نذیر احمدن أُخری شہہ تہِ کھول تہٕ وچھن أُچھ...... لیب ٹاپس پیٹھ وُچھ رأُحیلن مأُلس أُخری لٹہِ بُتھ تہٕ گُلی ژِ گٔنٛڈِتھ اوس مأُلس بروٚنٛہہ کنہِ وُٹھن پھِس راہِ ےکران......



# انہار

تمیٚ تٕج أمیٚ سٕنٛز کلہٕ ہیٚر تہٕ سوتھأو ن عیدگاہ ڈیڈِ پٮ۪ٹھ لأ ری گتھ۔ تمہِ پتہٕ تٕجن امہِ سٕنٛز کلہٕ روٚس لاش کھورو طرفہٕ نکھس پٮ۪ٹھ، کھورن گٕرنس تھپھ تہٕ دژاوشہر گٕن۔ أمس لاشہِ اوس خوٗنہٕ پھیوٗراپھیوٗراوَسان مگر مارٕ واتل گوٚو پکان۔

یہِ اوس انہار، ییٚمس از صُبحٲے صُبحٲے اوس ژوٗ رِژوٗ رِ سر قلم کرنہٕ آمُت۔ مگر تمہِ پتہٕ آیہِ لوٗکن تہٕ خبر ییتھے پأٹھی دنہٕ زِ تمہٕ وُچھن أمیٚ سُندمو ردٕ تہٕ کلہٕ روٚس جسم تہٕ ہٮ۪ن نہیب۔

انہارس پٮ۪ٹھ أسی وار یاہ خطا کھالنہٕ آمٕژ۔ ییتھ پٮ۪ٹھ أمس سزاے موت دنہٕ اوس آمُت۔

گوڈنیک خطا:

سُہ اوس بادشاہ صأبنس محلہٕ خانس کنہِ لایان۔ تتھ محلہٕ خانس ییتھ شیشو بدلہٕ ہیٖرٕ تہٕ جوأہر لاگنہٕ أسی آمٕژ۔ ییتھ کنہو بدلہٕ قسمہٕ قسمہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ کژ انکھ أسی لاگنہٕ آمٕژ تہٕ ییم نیبرِ موٚ ملکو پٮ۪ٹھہٕ أسی منگناونہٕ آمٕژ۔ ییتھ سیرو بدلہٕ سون تہٕ سیمٹہٕ بدلہٕ روپھ اوس چھاونہٕ آمُت۔ تتھ محلہٕ خانس ییتھ مژ

بادشاہ باے تہٕ تٔمی سٕندی شُری روزان أسی تَمن اوس یِمو کَنوٕ سِتؠ بِندرِ خلل گومُت۔

دۆیم خطا:

أمی اوس جنگلی جانورن خاطرٕ زال وُہرو ومُت۔ یتھ منز جنگلی جانور و بدلہٕ آدم زاد أسی ہینہٕ آمتؠ۔ تَم اگر نہٕ مۄدیؠ متؠ تہٕ أسی، مگر مرنُک خدشہٕ اوسُکھ۔

ترٛیم خطا:

أمی أس شہرس منز تعداد بڑن والین ہۄنین زہر دِنٛچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ تِکیازِ ہۄنی أسن یِمہِ شہرٕ منز ختم کٔریمتؠ۔

بیا کھ خطا تہٕ سارِوے کھوتہٕ بۆڈ خطا اوسُن یہِ کۆرمُت زِ۔ یتھ پنجرس منز یہِ تھاونہٕ اوس آمُت تتھ پنجرس اوس ژٕنٛج کوٗشش کران تہٕ تمہِ منزٕ آزأدی پرٛاوٕنی یژھان۔

یِمن سارِنے خطہن ہُنٛد سزا اوس أمس یِی دنہٕ آمُت زِ أمس گرٛٹھِ سر یُن قلم کرنہٕ، تمہِ پتہٕ گرٛٹھِ سأرِسے شہرس أمی سٕنز بے سر لاش ہاوٕنی۔ یُتھ تَمن نہیب روزِ تہٕ تم کٗڈن نہٕ پننہِ ببہِ منز کلہٕ نبر۔ لۄکھ یِیلہِ یہِ وُچھنہِ دژاے تَمن گۆو زبردست تشویش۔ تمو دۆپ أسی دِمونہٕ یہِ میت بروٗنٹھ پکناونہٕ۔ تمو کۆر أمس گیر، نرِ تھۆد تُلی تُلی کٔرکھ نعرٕ بأزی۔ مگر میت پکناون وول اوس نہٕ رُکان کینٛہہ تمس زن اوس کٔنہہ زر پیوٗمُت، سُہ گۆو بروٗنٹھہ بروٗنٹھہ پکان تہٕ لۄکھ

ڗھنئ پتھ۔

مارِ واتل اوس سڑکہِ پکان تہٕ أمس لاشہِ اوس خوٗنہٕ پھیوٗرا پھیوٗرا وسان۔

پڗتھ خوٗنہٕ ٹبکس اوس اکھ ووزُل گلاب بُنتھ گڑھان۔ تہٕ تتھ أکس أکس گلابس اوس اکھ اکھ انہار پأدٕ گڑھان، یم زن سأری رلان أسی...... تہٕ وَدنہٕ بجاے اسن کھنگالہٕ ترٛ اوان أسی......۔



# واوٕ ژھٹھ

سوٗ ژھ از سُلہِ تِکیا زِ ٲمُس اوس داٚش زمینس پٮ۪ٹھ وُسن۔ از آسہٕ تٔمن عنبہٕ کرنہِ۔ تٔمُس اوس پٔنٕنۍ خاندارن وۄنُمت زِ ژٕ تہٕ ییہِ زِ ژٔ ے چھےٚ تتہِ کاٗم۔ سوٗ اٚس از واریاہ خوش تِکیا زِ خاندرٕ پتہٕ اٚس سو گوڈنچہِ لٹہِ زمینس گُن درٛامُت۔ ٲمُس چاے تہٕ بتہٕ ہیتھ۔ بتہٕ اوس تیار، ٲمۍ ترٛوو سماوارس تہٕ نگُل تہٕ اٗنج چاے بناونہِ۔ سماوار چایہِ چھُ مزے بدل آسان۔ خاص کرٕ ییلہِ سوٗ گرِ پٮ۪ٹھے گربکان آسہِ۔ أزی کِس زمانس منٛز چھِ چایہِ گیٚسس پٮ۪ٹھ گرٛبکھ انان تہٕ بران چھِ فلاسکن منٛز۔ اکہِ گرٛبکہِ کُس سنا مزٕ تہٕ لذت نیرِ تتھ۔ نہ سُہ مزٕ تہٕ نہ لذت۔ مگر اتھ سماوارٕ چایہِ چھِ گرٛبکہِ گرٛبکہِ گوٚبہٕ تہٕ ژھنٛزن نیران۔

"کٔتجی وولے ووٚنۍ ژیرِ ہے گوٚو" ٲمِس دیُت خاندارن آلو، تیٚمِس صمُد ناو اوس آلو۔

ٲمس اوس خدیجہِ ناو۔ مگر یہٕ اوس ٲمس کتجی (ابابیل) ونان۔ ٲمس اوس کتجہِ ناو تہِ شوٗبان تِکیا زِ یہِ اٚس کٔتجی ہش۔ خوبصوٗرت، نوزُک اندام، وِٚچھ اُچھِ تہٕ زاٗوُیل کمر۔ خاندرس اٚسۍ وُنہِ پانژٕ ے رٮ۪تھ گٔمتۍ۔ وُنہِ اوس

اُمس خاندار پتہٕ بروٚنٛٹھ وُچھان، یوٚ تام یم پٔتمٕن کامن چھِ لگان تہٕ پتہٕ چھکھ زنانہٕ مُشدٕ ے گژھان۔ پتھ اُسس خداصابن ووٚمید تہ دژِمژ، اوٕ موکھہٕ اوٗسس زیادٕ ے پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ خوشی ہُند اظہار کران۔

صمد میرن تُل سامانہٕ، چاے، بتہٕ تہٕ اُمس وُٹن ٹوکرٕ ے یُٔژ تُلنہٕ۔ یتھ نہٕ اُمس زیادٕ بار پیٚیہِ تُلُن۔ یمن اوس مول تہِ ستی۔ تتہِ أُجن صرف چاے پھرنس تہٕ باقیٕ دِژنس نہٕ کانٛہہ تہِ کاٗم کرنہٕ۔ نہ وُٹنس زمینس پتھ کینٛہہ کرُن۔

"گُتجی ووٚلے ژِ بیہہ تہٕ مےٚ نِش بروٚنٛہہ کنہِ۔ بہٕ کرٕ اِ اصل پاٚٹھی کاٗم۔

خدیجہ بِہتھ پژٕ پأٹھی اُمس بروٚنٛہہ کنہِ تہٕ چھِ کران کتھاہ کتھاہ۔ دوہس توٚرنہٕ فکری رِکتھ دژاو۔ امہٕ وُچھ کھیت، وُڈٕ ر، باغ، موٕ باغ، سبزی باغ یہٕ گیہِ واریاہ خوش۔ امہِ وُچھِ ننبدٕ کرنہِ۔ امہِ اوس نہٕ زانٛہہ تہِ وُچھمُت تِکیازِ یہٕ اُس نہٕ گامس منز روٗ زمژٕ ے زانٛہہ۔ اُمس آو دوہس واریاہ مزٕ۔

دوہہ آو موکلان موکلان تہٕ اُمؠ وُٹن صمد میرس زِ ماجہِ چھُ وُٹمت ینہٕ انہِ گٹہِ نیرکھ گاشنہٕ یِی زِ واپس۔

تمؠ تہِ سوٗنچ ماجہِ ہٕنز کتھ چھِ مانٛنی، تی چھُ جان آسان۔ بیٚیہ چھُ پرٛانوٕ وُٹمُت گوبہِ کھور زنانہِ گژھِ نہٕ شامہٕ اُتی نیبر کڈٕنی۔ دوٚپنس ٹھیک چھُ ژٕ گژھ وارٕ وارٕ مگر......مگر اکھ چیز......؟

أمۍ دیۺت دم زن گوٚو پریشان؟۔

کیاچیز......ژٕ کیازِ گوٚوکھ دشمنن پریشان زن۔

''ہیتے وتہِ چھنا آرمی کیمپ...... کُنی ژٕنی چھکھ......؟ کِنہٕ بہٕ ییٚے ہستی ......''؟ صمد میر گوٚو شش پنجس منٛز کیا کرِتہٕ کیا نہٕ کرٕ۔

اسہِ ہےٚ لگہِ وُنہِ اکھ گاٚنٹہٕ......اسہِ چھِ وُنہِ کاٚم......ادساپُشر خدالیس۔

موبائیلِ رٕٹی ژٕ اتھنٕ کیتھ سےٚ گٔری زِ فون فون۔

''کتجی دژایہِ کھٔے''۔صمد میرن دیُتنس پوٚت آلو۔

کُتجہِ دوٚننس......''اوٕ دژالیس''۔

''نیر خدالیس حوالہٕ چھکھ۔فون گٔری زِ ییٚلہِ واتکھ''۔

خدیجہ دژایہ، صمد میر لوٚگ ییٚہٕ پننہِ کامہِ ہستی۔ماٚلی پوتھرن لوٚگ اکھ گاٚنٹہٕ تہٕ دژایہِ گرٕکُن۔سماوار بانہٕ ٹُلکھ ہستی۔گرٕ وأتتھ چھُ صمد میر درواژٕ تلے کرٕ بکھ لایان۔

''کُتجی کُتجی...... کتے چھکھ فون تہِ نٔے کوٚرُتھ نہٕ''۔

مول ووٚتھس، ''ہتا اندراژھ سرٕ کہِ پتھے بیوٚٹھکھ کرٕ بکہٕ لاینہِ''۔

یموٚ دوشوٚ یوٚترٕ وواسن کھنگالہٕ تہٕ ژایہِ اند رگن۔

''کُتجی......کُتجی، کتی چھکھ''۔

''ہتوکھیوٚ وروِ توہہِ۔خدیجہ اُس ناتوہہِ ہستی باغس منٛز وٕژھ ہٕز''۔

موج دژایہِ أندر ریٹھۍ تہٕ وۆننکھ۔

صمد میر پریشان گژھتھ،''موجی کُتج آیہِ نایور''......موجی سو دژایہِ أدی گرِکُن۔تس گۆ ولگ بھگ ڈوڈ گأنٹہٕ درامژِ۔

دوشوٕے مألی پوتھر دژایہِ پۆت کھورے واپس،شام چھُ گومُت،انہِ گٹہِ چھُ نال سأری ہیے وۆلمُت۔مگر یِم دژایہِ ننہٕ وأری خدیجس ژھارنہِ۔ درواز نیبر نیری تھِیے دَ ژ صمد میرن کرژکھ۔کُتجی......کُتجی......کِتے چھکھ۔یِم چھِ ہوپأری تہٕ یپأری کرژکہٕ دِوان مگر جواباچھُنہٕ کُنہِ یِوان۔

سڑکہِ پیٹھ چھِ خدیجہ وارِ وارِ گرِکُن پکان۔تِمس اوس حال بے حال گومُت۔مس اوُسس ہوپأری یپأری ؤہراونہٕ آمُت۔پلون أسس جایہِ جایہِ ترٕچِھ گمژِ۔وُٹھن ہُنْد اَسُن اوُسس رووُمت تہٕ أچھن منز اوُسس اۆش باندِ گومُت۔



# راتہٕ کرٛیل

مسجدِ منز گیہِ شامچ بانگ شروٗع 'اللہ اکبر' راتہٕ کرٛیل دڑایہِ پنہٕ نوٚ آلو منز نیٚبر تہٕ پیٹھۍ لَس ہندِس آنگنس گول گول دأیرن منز گتھ کرنہِ۔ تِم أسۍ جور بن منز نیران تہٕ چکر چکر دِوان۔

شبیر اوس دارِ پیٹھ بہتھ تماشہٕ وُچھان۔ تِم یام وُچھ راتہٕ کرٛیل نیران تِمۍ نی گُنی دوتہٕ ووت آنگنس منز یمن تماشہٕ وُچھنہٕ زِ یم کتھہٕ کنۍ چھِ زنتہٕ پرکار لاگان تہٕ آنگنس برابر گول چکر بناوان۔ تِمۍ دِژ کرٛیکھ ''سارے سارے وولے یوٚرۍ یہ ہے ہاوے اکھ رُت تماشہٕ' سارٕ أسۍ وُنہِ نیرنۍ أمس دڑایہِ موج نظر دِنہٕ تہٕ اتِ وُچھن راتہٕ کرٛیل آنگنس گتھ دِوان۔ أمس باسیوٚ ویہِ پھبشل آسُن۔ أمۍ کٔر بچن تھپھ تہٕ تام أس سارٕ تہٕ درأمٕژ تہٕ دوٚپنکھ۔

''ہولگھو بلایہِ تہٕ وندوزُو، شامس گوٚ ڈھِنہٕ نیبر نیرُن یمن راتہٕ کرٛیلن تماشہٕ وُچھنہٕ۔

شبیر ووٚتھس...... ''کیازِ، کھے زِ موجی''؟۔ ہتا دپان أسۍ یم چھِ پیشاب تراوان أچھن منز تہٕ تمہِ ستۍ چھُ اوٚن ہوان۔

موجی یہِ چھاپۆ زکنہِ اپزٕ ۔شبیرن کڈ کتھ گیٚنٛز ۔

ہتایہِ چھاپۆ زکنہِ اپزٕ ووٗنی کُس کریہِ ایکسپرمنٹ ۔ بییہِ ماچھ کرُن یہِ ایکسپرمنٹ مےٚ توٚہہِ پتھ ۔ اس لیے اُژِ تُہی اند رتہٕ بہیو تہی لوتہٕ پاٗٹھی ۔

سارس تورنہِ کہنی فکرِ مگر بأیس ءستی ءستی ژاأنی ماجہِ سوتہٕ اند ر ۔

شبیر اوس ژۆرمہِ پران تہٕ سارٕ اُس وُنہِ اولس ۔ سو اُس وُنہِ زیادٕ ے لوٕکٕٹ ۔ اُمس پتہٕ اوس یمن بیا کھ بوے تہٕ بیا کھ بینہِ ۔ یہنٛز موج زۆنہٕ اُس بی اے پاس وُنہِ پانہِ لوکٹ ۔ مگر ژورشُری اُسس زاأمتی ۔ سو اُس نہٕ نوکری کران بَلکہِ اُس شُری نِے واتان ۔ گرُک ہُد بَد تہِ اوسُس خو داین سبٹھاہ دیٖشٛمت ۔ گرِ سجاوان ، ہشہِ ہیٚرس واتان تہٕ بییہِ بچن پنٛنین رٕژ تعلیم دِوان ۔ امہِ علاوٕ پننس خاندار اقبالس دِل رچھان تہٕ تمی ہٕنزن ضرۆرتن ہُند خیال رٕتی پأٹھی تھاوان ۔ یم اُسی خوش تہٕ خوشحال پأٹھی پنٛن دوہ کڈان ۔

یمن اوس مکانہِ گامس مُنٛن ۔ اتھ اوس اکہِ طرفہٕ آنگن تہٕ بییہِ طرفہٕ سڑک ۔ اگر انسان دارِ پٮٹھ تہِ بیہہِ ہا سڑکہِ پٮٹھ اُس نظر پوان ۔ سڑکہِ پٮٹھ اگر ٹاس تژٕ اوسن تمچہِ زٕ ژٕ آسہِ یمن اند راژان ۔ حالاتن ہُند اثر تہٕ اوس یمن زیادٕ ے پہن تِکیا زِ جلسہٕ تہٕ ٹاس اُسی یمن نیبرِ کنہِ گژھان تہٕ کنہِ جنگ تہٕ اوسکھ گرِ پٮٹھ بوزنہٕ یِوان ۔ تہٕ یم اُسی آلبن اژان ۔

زونس اوس اُنٛدری یمن حالاتن ہُند پھرٕ ٹھ آسان ، تِکیا زِ یہِ بُستی اُس

نہٕ زیادٕ محفوٗظ۔ گرا اوس اُکی سُندٕ ہیمہٕ آسان تہٕ گرا بیہٕ سُند پھرٕٹھ تہٕ خوف۔
مگر سو اُس نہٕ شُربن دِوان باسنہٕ کینٛہہ زِتمس کیاہ چھُ اَندری۔ سو اُس
خاندارس وَنان۔ ''کیاہ زبر گژھ ہا اگر اسی کنہٕ ہوٗ یہ مکانہٕ پُہرتہٕ انٛد رپہن
اژٕ ہو خلقن تہٕ ملکن ژوٗ رِیہمہٕ ہو۔ یہٕ چھس کھوژان یِیتہٕ۔ اَندری چھُم اکھ
پھرٕٹھ بہتھ''۔

اقبال وُوتھس ہتہٕ بیقلی کُسے پھرٕٹھ۔ خودالیس پُتھرا وپان تہٕ بیٛیہٕ یم
شُری تہٕ۔ یِژھ جاے کتہٕ بنی سڑکہٕ پیٹھ۔ سکول، بس، بازر، مشید، میٹاڈار،
آٹو، سوٗرے چھے دروازس تل بنان۔ پٔج، کانٛدُر، سبزی تہٕ دود چھے دون قدم
پیٹھ...... یہٕ نے آسے یِیتہٕ پانہٕ چھکھ ہر کان نیرِتھ درواز تل اَنتھ۔ یِہ جاے
کتہٕ بنی۔ انٛد رپہن اَژو پتہٕ چھی اَندرٕ پیٹھ یم سأری چیز مُشکل ......'' زٕوٗنہٕ کُر
ژھوپہ تہٕ پوٗز تہٕ اوس تی۔

دوہا دوہا چھُ گوٗھان اکہٕ دوہہ شامس گیہ نیبری کنہٕ ٹاس رارٕ ے۔
شبیرن کٔڈ دَوتہٕ دڑاو دارِ پیٹھ۔ نیران نیرانہٕ دَژن کرٕبکھ ماجہِ۔ ''......
موٗجی ...... موٗجی ............ یہٕ ہے موٗدُس۔ مےٚ ہے پیٛو اُچھن اوٚن۔ مےٚ
ہے کوٚر راتہٕ کرٕپلن اُچھن منٛز پیشاب''۔

موج آیہِ دوران تہٕ دَوان لیٛ وَنان وَنان ''ہتا دارِ پیٹھ بہتھ کتھو گری
ژٕیے راتل کرٕیل پیشاب''۔

”مگر تٔمی دیٚت أچھن دون تھوٚپ تہٕ چھُ وَدان تہٕ بَڈٕ بَڈٕ کرٛبکھ لایان
......”موجی ...... بہٕ ہے موٗدُس ۔ ...... مےٚ ہے پیوٚ واوٚن موجی“ ۔ موج
چھس واویلا کران تہٕ کرٛبکہٕ دِوان ۔ ہتا تیمس کھیوٚ گوم یہِ ۔ اقبال آو دوران
تہٕ واتنو وکھ ہسپتال ۔ تتہٕ وٚونکھ أمس چھُ ایمرجنسی آپریشن ۔
مگر ڈاکٹر صأب أمس کیٛاہ گوٚو ۔ یہِ دزٛاو وارٕ کارٕ دارِ پیٚٹھ أمس کمہِ ستی
گوٚو یہِ ۔
”أمس چھُ Pellet gun ستی چھرٕ لٔگی متی، تم چھِ أمس أچھن منٛز
ژامتی یموٚ ستی أمس اکھ أچھ بلکل چھِ ضایع گمٕژ ۔



# کُنٛبر

یام کأنٛہہ اوس غلام محمدُن گرٕ گٕرٛھان تام اوس تٔمس نمازِ وِزِ بُتھ چھلُن پوان تہٕ نماز پوان پرٕنۍ۔ سارِنٕے أشناون، شُربن اوس تٔمۍ ہٕنٛدِ گرٕ گٕرٛھنٛکھ ہیم یُتھ نہٕ سُہ تِمن نماز پرٕناوِ ہے۔

غلام محمدس أسۍ پانٛس ژرٛے نیٚچوۍ تہٕ کُنی کوٗر۔ تٔمۍ اوس تِمن لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے نماز پرٕنک عادت تھوٚومُت۔ تہٕ پانہٕ اوس نمازن سخ پابنٛد۔ زنانہٕ تہٕ أسٕس نمازن پابند تہٕ اوس پرٛتھ ساعتہٕ سارِنٕے نمازِ ہٕنٛز تلقین کران۔

غلام محمدن پرٕنأوۍ شُرۍ، اکھ بنوٗون ڈاکٹر، اکھ وکیل تہٕ بیٛا کھ سرکأرۍ افسر۔ تِمہِ پتہٕ وأٹ خانٛدرٕچ وأرۍ۔ خانٛدرٕ وِزِ ژھانٛجہِ غلام محمدن لایق تہٕ پٕرۍ لیچھمٕژ نوشہٕ۔ یِموٕ ستۍ گر بار گربارٕکۍ پأٹھۍ روزِ ہے تہٕ گرس گٕژھِ ہانہٕ حصہٕ بنٛدۍ۔ نمازن تہٕ حدیثن ہٕنٛز زان اوس پرٛتھ ساعتہٕ یِمن نوشن تہٕ دِوان۔

وارٕ وارٕ ووت اکھ دوہ زِ غلام محمدنۍ زنانہٕ مصرٕ أسۍ پنٛنین شُربن ہٕنٛدبن شُربن پرٛاران تاکہِ سو ژگندِ ہاپنٛنین شُربن تہٕ زُربن ستۍ۔

سأرۍ شُرۍ أسۍ بروٗنٛٹھ کنہِ مألِس تہٕ ماجہِ بڈٕ صالح اولاد تہٕ حُکمس تعمیل

کرن وألی ۔مگر أنڈری أنڈری أسی تم سأری تیأری کران زِتم روزن سأری الگ الگ ۔مألس تہٕ ماجہِ اوس نہٕ کانہہ اکھ یہِ کتھ وٗنتھ ہیٚکان۔

کورِ اوسُن خانٛدر کٔرمُت تہٕ سو أسن پنُن گرٕ سوٗزمٕژ ۔ نِچوی أسی ژوٚیہِ کران ،غلام محمدس بچأرِس أس نہٕ کُنٛہ خبر نہ أس تہنٛزِ کورِ اَچھ خبر......یمو نِچیو اوس نیٚبری نیٚبری مکانن ہُنٛد سنٛز کٔرمُت ۔

اکہِ دوہہِ آیہِ سأری یکوٹہٕ مألس نِش تہٕ ہیٚتھس أنڈی أنڈی تہٕ وٕنہس۔

'ابا أسی ہیٚکو نہٕ وونی یکہٕ وٹہٕ روٗزِتھ۔أسی چھِ یژھان وونی بیوٚن نیرُن'۔

مول وٕتھکھ وُنہِ کیا باگو و......تو تہِ وُچھو، کتھہٕ پأٹھی کیا گرِو۔

''نا ابا اسہِ ہا کٔرصحی کہِ أسی نیرو بیوٚن تہٕ اسہِ چھِ مکان تہِ وُچھمتی ۔أسی ہا روز و تام کرایہِ پیٹھ یوٚ تام پننی بناوو''۔

''کرایہِ ؟ مگر کیازِ؟۔تھ گرس کیا گو وزِ تُہی روٗزِیو کرایہِ پیٹھ؟ مےٚ چھُ یہِ گرٕ تُہنٛدِ باپت بنوومُت ۔تُہی کوٚت گرِ ھو''

''ابا وونی چھُ یی ٹھیک۔ژٕے بنوٗوتھ سانہِ باپت أسی بناوو پننین شُربن ہنٛدی باپت یہِ أسی بنأوِتھ ہیٚکو۔

غلام محمدس ژٕج کھورو تلہٕ میژٕ نیرِتھ تہٕ وٕننکھ ۔ٹھیک چھُ، یتھہٕ پأٹھی تُہی خوش روٗزِو تی گرِو۔

اکھا کھ نِچو گو وگرٕ منٛز پننی زنانہٕ تہٕ سامانہٕ ہیتھ نیران تہٕ غلام محمد روٗدُ وچھان۔

ییلہِ تژییم نچو دژاوتہٕ غلام محمدن تژ أوتمس گن نظراتہٕ وونس۔

''ژتہِ ہا......''

''آ......اِد کیا......بہٕ کیا زِنہٕ......''

مگر سونچان اوس میأنین نمازن تہٕ تربیتس کوسہٕ شکل گیہِ۔ شاید تجٕ نہٕ مےٚ شُر بن صحی تربیت دِنۍ۔

زنانہِ کرن تھسھ تہٕ وونس۔

کینٛہہ چھُنہٕ پرواے۔یۄتام بہٕ ژےٚ زندٕ چھُسے تۄتام چھُے نہٕ ژےٚ کینٛہہ پرواے۔اسہِ ییہِ بییہِ لو کچار۔زنتہٕ چھِنہٕ اسہِ وُنہِ شُری زأمتے۔

أسی رَنو پانہٕ وأنی اکھ أکس کیُت۔

اسہِ نے چھُنہٕ پرواے۔یۄتام مےٚ چھُ پنشن پوٚنسہٕ،تۄتام روزو أسی زندٕ پننس سہارس پیٹھ۔

مصرس گۄ وأندری دم۔مگر جواب ندارد۔أچھن ہٕند بوٚ کوٗنو کنۍ اوٚسس اوٚش ہیوٚ باسان۔



# برداش

آہنی موجی وونی بخش لتس بچارِ۔ ترٕہ (30) ؤری وأتِس یتھ گرس پیٹھ جکھان، زینان، انان، شیران، رنان، چھلان چھوکان، بروٗنہہ کُن واتناوان۔ مگر موجی ژٕ ےنِ دِژ تھس نہٕ زٲنہی مُجرأہی۔ یہِ چھےٚ یِہے، ژھوپہٕ دم گرِتھ چھےٚ سوٗرُے برداش کران، بیٚیہِ چھےٚ چانہِ کتھہٕ ژۄٚرتہِ بوزان۔

''ہتا گوٚبرابہٕ کہیٚو چھس أمس وَنان۔ أمس یہِ خوش کران چھُ تہِ چھہِ کران۔ یہِ انان چھےٚ تہ چھہِ رنان۔ مےٚ چھاپہٕ ژھان یا وَنان۔ یتھہٕ پأٹھی یژھان چھےٚ یتھہٕ پأٹھی چھےٚ کران۔ بہٕ کیا چھس أمس کران۔ صُبح چھُ پھولان تہٕ سوٹائوٚٹا چھےٚ لاگان تہٕ نیران۔ تورِ چھےٚ شامس بأگی یِوان بہٕ کیا وَنان چھسا کینٛہہ۔

''ہَتے موجی...... ژٕنےٚ چھکھ نہٕ اِ ژھوپے کران۔ صُبحس نےٚ نیرِ تنخواہ ہِکتھ دِلس یتہِ۔ صُبحس نیرِتھ چھا مالیُن گژھان۔ گرِ باپتھ چھہِ نوکری کران۔ سوٗرُے چھیٚہِ اورٕ ے انان۔ ماز، کوکُر، سبزی، اِ بچأر اورٕ یتھ رنان۔ ژٕ چھہسارٕ نتھ تھاوان۔ وون ہے قصوٗر چھس تہٕ کیاہ چھس؟''

""تھاوتھاوِژ اُمی ہنز طرفداری کرِنی ۔ژیے عمر زیوٗنتھ ۔سہٕ کیاموٗکلیووا۔ ژے گیِی رَٹاٗرگاٹمِتس وٗری ژور ۔اُمس چھُ زیادٕے عادت گومُت ۔صُبحس نیرنک تہٕ شامس ینگ ۔ دوٚہس چھےٚ آسان عاشن گمژ ۔اِد گیہِ مےٚ شامس مِنت تھاوٕنی بتہٕ تہٕ سیٹھن رٕنج"" ماجہِ کرِ اُچھِ بوٗن کُن تھاوِتھ کتھہٕ۔

""وارے موجی ۔ژے نہٕ ووتیسے نہٕ کُن ۔بہٕ کیاوَنہٕ تہٕ ژٕ کیاسمجھ ۔ ژے زن چھُے نہٕ فِکرے ترٛان ۔یُہے چھےٚ وُنی کبس زٕنٛز زٕنٛز انان تہٕ گرٕ چلاوان ۔سورُے چھِ یہے کران ۔مگرژے چھُے عادت ژٕ چھہَس نہٕ مُجرٲہی دِوان""۔

از بروٚنہہ ترٛہہ وٗری اوسُکھ جمشیدس دلشادس ستی خانٛدر کوٚرمُت ۔اُمس اوس تِمہِ وٗریہِ مول گذریوٗمُت تہٕ موج اُسس سخ پریشان زِ اُمس گوٚژھ خانٛدر گژھُن ۔یمہٕ آسہِ ژوریٚنہِ تہٕ یہِ اُس بڈ ۔یٹٲری اُسی نہٕ تیتی بڈی تہٕ کینٛہہ زِلوٗکھ یہن اورٕ ے کورِ مانکیہِ ۔پوٗنسس چھِ ژوٕپٲری منگ ،اگرامیر تہٕ پوٗنسہٕ وٲلی آسہٕ ہن سأری دِہنکھ تھپہٕ ۔اُمی ہنزِ ماجہِ اُس پتاہ زِ میانٛہن کور بن گُس منگہِ ۔جمشید نہِ ماجہِ ییلہِ اُمی ہنز دلیل بوٗز سوٗ دوریہِ اُمس منگنہِ ۔ژکہِ اوس تتھ بیٚا کھہے وجہ ۔کٚر وُون دلشاد نہِ ماجہِ زِ ژے چھُے نار بروٗنٹھ کنہِ دَزان ۔اگر ژٕ مانکھ دلشادِ دِہن میانٛس جمشیدس ۔خدائے ہنزٕ ذٲریہِ جوٗری چھےٚ اللہ تعالیٰ ہن پانہٕ بناوہو ۔مگر میوٗن شرط چھُے اکھ۔

تٕمۍ دوٚپُس ۔کیاسنا شرط۔

''شرط چھےٚ نہ سوزے کینٛہہ نہ سوزِہم کینٛہہ۔ ژٕ سوزُن گُرتنہِ وٕلتھ بہٕ کرس پیٚٹھٕ کنہِ جاے''۔

دلشادٕ نہِ ماجہِ آے نہٕ پرٕ ھے۔معموٗلی پاٗٹھۍ اوٚنکھ اورٕ یورتہٕ گوٚ وخاندر۔

دلشادٕ اُس نہٕ اَن پرٕھ بلکہ بی اے گرِتھ اُس ایم اے پرائیوٹ کرنٕچ تیاٗری کران۔خاندر گوٚ وتہٕ ایم اے روٗ داٗتی۔سبٹھاہ داناہ تہٕ سبٹھاہ گاٗٹج کوٗر۔شکلہِ تہِ اُس ہاوٕنی باوٕنی لایق تہٕ عقلہِ تہِ۔

ینہٕ سو اتھ گرس منٛز آیہِ اتھ گرس آیہِ رنگہٕ رنگہٕ شوٗب۔کینٛہہ کال گژھِتھ کوٗرُن ایم اے پرائیوٹ پاٗٹھۍ تہٕ خدلیہِ سُنٛد یژھُن تہٕ بیٛیہِ خاندارٕ سنٛدِ مددتہٕ ستۍ بنے لیس نوکری تہٕ بنے ییہِ ٹیچر۔اِدٕ اُسۍ دوشوٕ ے نوکری نیران اورٕ یتھ اُس سوٗرے گرِ پکناوان۔شُربن واتان،گرِس واتان تہٕ بیٛیہِ ڈبکہٕ منٛزٕ رِتھ سارِنے ستۍ کتھ باتھ کران۔

''میاٗن موج ماچھِ مگر ژھوپہٕ کران۔یتۍ مین ترٕ ہن وٕ ری ین کوٚرُن اُمس کتھو ستۍ زدٕ پرٕ ین۔مگر مجال چھا دلشادٕ کھولہِ ہااُس''۔

مگر ووٚنی چھُ دلشادس بدل غم ژامُت سو چھنہٕ کاٗنسہِ کانٛہہ کتھ وَنان مگر اَنٛدری گلان۔

''تلِہ دلشادٕ مےٚ وَن تہٕ زِژٕ کٔمۍ غمن چھنکھ اَنٛدری کھیٛموٗ ےمےٚ چھُ چانِین

أچھن منٛز کیاہتام بوزنہٕ یِوان۔ جمشیدُن یوٚتےٚ وُنُن اوس زِ دلشادس وۄتھ ٹھس ٹھس کران اۄش۔

جمشید گوٚو حأران تہٕ لوٚگُس زارِ پارٕ کرنہِ زِ سو ونہِ نا کینٛہہ۔

دلشادن ہیوٚت وَدان وَدان وَنُن۔

"مےٚ مأگراز تام زانٛہہ تہِ ماجہِ ہنٛز شکایت کانٛہہ۔ ماجہِ کیا کیا کوٚر مےٚ، مگر یہِ کیا چھم کران۔ مےٚ ماوٕنی زانٛہہ توہہِ اَچھ شیٚچھ خبر۔ بہٕ أسس سوٗرے برداش کران تہٕ دلس منٛز شرٛوپ راوان۔ ووٕنی پھٕٹ مےٚ وأنٛج۔ ووٕنی چھنہٕ مےٚ کانٛہہ ہکتھ یہِ سوٗرے برداش کرنٕچ۔ بہٕ تہِ سورے لیس ووٕنی یتھ گرس منٛز۔ بلایہِ میٛانہِ زندگی۔ ییتھہٕ رٕتھہٕ ہیٛژن موٕکلنٛی۔ مگر ووٕنی یُس غم مےٚ چھُ تہٕ سُے"۔

"کیا غم چھےٚ ژٕ وَن مےٚ بہٕ کرسہ دوٗر"۔ جمشیدن دیٚت أمس بھرپوٗر دلاسہٕ۔

"بہٕ اگر ونہٕ ژٕ ماگژھکھ مےٚ ناراض" دلشادن ووٚن کھوٗژی کھوٗژی۔

"نہ بالکل نہٕ...... چانہِ پیٛٹھ خدمت تہٕ وفادأری پتہٕ چھنہٕ مےٚ ناراض گژھنک کانٛہہ حق"۔

"بہٕ چھس دپان ووٕنی ہے بہٕ شُربن نیرِ خاندرژھانڈنہِ......"؟ ۔ وَنان وَنان گُرامہِ ژھوپہٕ۔

"وارِ کارٕ تتھ گُس مُشکل چھُ"۔

''اُکئے مُشکل ...... بہٕ انکھ نوشہٕ......ییم ماکرن تہٕ برداش یِی مےٚ کوٚر۔ ازچہ کورِ پچھےٚ خانہٕ ماجہٕ آسان۔تم ماکرنۍ چانہٕ ماجہٕ ہٕنٛز کتھہٕ برداش۔چانٛی موج ماپچھےٚ أکس مِنٹس تہٕ ژھوپہٕ کران۔ زُرکہٕ تہٕ پامہ پچھےٚ أمس دوہس آسان وُزان۔پژتھ کانٛہہ کوٗرماچھِ دلشادٕ......؟

''او......اتھ اندِ نہٕ کیٚنٛہہ......یہٕ چھِ پژانٛین ہٕنٛز کہاوت......کاوٕ ے چھٔلِ زِہن ستہٕ صابنہٕ ستۍ کاوَس کرٛ ہیٚیار ژٔلہِ نوزانٛہہ''۔

''مگر ژٕ وَن مےٚ بہٕ کیا کرٕ۔شُری وأتی خاندرس۔پژارُن چھُنہٕ جان۔ مگر مےٚ چھُنہٕ کیٚنٛہہ تہٕ فکرِ ترٛان زِ بہٕ کیا کرٕ''۔

''أسی کَروشُرہن خاندر،بہٕ کرماجہٕ ستۍ کتھ،انشاللہ گژھِ سورُے ٹھیک'' یمن أسی زٕ شُری۔اکھ کوٗرتہٕ اکھ نیٚچو۔یہندِ خاندرٕچ أس یمن سخ فکر۔تہٕ موختصرپأٹھۍ ووت وق تہٕ شُرہن ہُنٛد خاندرگوٚو۔نوش آیہِ تہٕ کوٗر دژایہِ۔نوش أس ستن دوہن مندس پیٹھ وازٕ وان کھوٚان۔ستہٕ دوہہِ گٔیہِ مالیٚون تہٕ آیہِ ژورِ دوہہِ پھِرِ۔

دوٚیمہِ دوہ وُٕتھۍ ساری ہندرِ مگرنوش تہٕ نیٚچو چھِ وُنہِ شوٚنگتھۍ۔ساڑٕ نو بجایہِ نوش وُٕژھ پلواگتھ تہٕ ووٚنُن ہشہِ گُن ( دلشادس)

''ممی بریک فاسٹس Breakfast منٛز کیا چھُ۔مےٚ گوٚو دفتر ژیر''۔

''ژٕ کیا کھیکھ۔؟ ژےٚ چھےٚ ازگژھُن دفتر''؟۔

آمٕژ چھُ از گرٛھُن۔ مےٚ کٔیُت بنأوِو دون ٹھوٗلن ہُنٛد آملیٹ بیٚیہِ دوٗدٕ گلاسس منٛز Bournvita۔ بہٕ چھس ناشتس منٛز سُے کھوان۔

دِلشادٕ ژھ تہٕ گٔیہِ کٔچنس منٛز أمس خأطرٕ بریک فاسٹ بناونہِ۔

ماجہِ گوٚونہٕ یہِ سوٗرے برداش کیٛنہہ۔ تہٕ سو کتہِ بیہہِ ہاژھو پہٕ گرِتھ تہٕ وٕنٛنس۔

''ہتو رات آیکھ نوش تہٕ از بیٹھکھ حُکم چلاونہِ۔ بیٚتہِ کموٗ نوکر چھی۔ مالنین گوٚژھ ناوٕنُن نوکر دِہنے داجس منٛزٕ۔

''دادی۔ مےٚ کیا کوٚر ژٕ گٔیکھ مےٚ اگادِ۔ چیٚو چاے تُہی تہٕ بہٕ دژ ایس''۔

نوشہِ تُلی زٕ تھٕ زٕ تھی قدم تہٕ دژ ایہِ درواز کنٕ نبر۔ دلشادٕ دور بیہِ أمس پتے تہٕ چھس آلو آلو دِوان۔ ہتو لالی جانو...... ہتو لالی جانو...... ہتو لالی جانو۔ کوٚتو گژھکھ۔ ہتو بریک فاسٹ ہوٚ چھے تیار۔

''تُہی دِیوٕیہِ دادی جانس تہٕ بہٕ دژ ایس''

زٕ تھی زٕ تھی قدم تژ اوان دژ ایہِ نیبرٕ مہِ دروازٕ نبر۔ تہٕ پٔتُن خانٛدار تہٕ دژ اس ژھوپہٕ دم گرِتھ پتہٕ پتہٕ۔



# بانگ

یأنٔ کنس منز مومہٕ کا کنہِ زبأنٔ 'اللہ اکبر' کربکھ گیہِ۔ سو گیہِ مزٕ بند رِتھوٚد وٕتھتھ۔ رأژہُنٛد پٕتم پہٕر تہٕ اتھ منز پیٚژ کربکھ تُمس اوس نہٕ دلے ٹھہران دپان اُس مے دوٚپ نار مالوٗگ ترٛژھ کربکھ گے۔

تُمس اوس نہٕ زانٛہہ أمی سٕنز بانگ دیُن خوش کران۔ خاص کریٚلہِ یہِ 'حی علی الصلوٰۃ' پران اوس زنتہِ اوس پران حیی علی السلاخ تہٕ سو اُس گرِ کنِن وَنان ''وٕلیوٕ سلاخ لاگنہِ واٗ تِو''۔

پتہٕ یٚیلہِ یہ پران اوس 'حی علی الفلاح' یہ اوس پران حیی الاپھلا'' تہٕ یہِ اُس گرکنِن ونان بأنگی چھوِ ونان۔ ''وٕلیوٕ پھلہٕ کرنہِ یِی یوپانس''۔ اتھ پتھ اُسی ساأری گرِکی بأژ اَسن کھنگالہٕ ترٛ اوان۔

بأنگی اوس اکہِ گامُک اکھ انپڑھ شخصاہ یُس اتھ مٔشیدِ بانگ اوس دِوان۔ جمعہ دوہ ڈُوان، صفأیی بیترِ کران تہٕ حمام زالان تہٕ ماہِ رمضانس لؤکن باپت ترٛلیش تہٕ خضر تیار تھاوان تہٕ بروٚنٛہہ کُن واتناوان۔ یہِ بچور اوس مٔشیدِ منز واریاہ محنت تہٕ مشقت کران۔

بیگم صأب أس پیر گرِچ نوش تہٕ أس مُشیدٕ ستی روزان۔ موذن اوس بیگم صأبہِ ہُنٛد تہٕ منٛزٕ منٛز گژھان۔

اکہِ دوہہِ وونٛس بیگم صأبہٕ "ہتا مومہٕ کا کا یہ بانگ آستہٕ صحیح پران۔ یہ ہیٛچھ تہٕ وارٕ حَیَّ علی الصلاۃ تہٕ حَیَّ علی الفلاح 'تورٕ وونٛس آہن حض آ۔" ژٕ چھکھ ٹھیک وَنان۔ پگہٕکۍ پیٹھ آسہٕ بہٕ صحیح پران۔ جان گوٚ وژٕ یِیٚ کڈِتھ غلطی"۔

مگر پگاہ بیٚلہِ بیٚیہِ گیہِ بانگ سوٲس بیٚیہِ تتھے پأٹھۍ۔

بیگم صأب أس اکہِ سکوٗلچ ووستأنۍ روزٕ مژ توٚے أسس سأری بیگم صأب وَنان تہٕ توٚے أس زیادٕ تلفظس سنان۔ سو أس ہمیشہِ گرس منٛز وَنان یتھ مُشیدِ أندۍ أندۍ چھِ واریاہ پیرٕ گرٕ۔ کیٛاہ کانٛہہ ہیکہِ نا بانگ دِتھ یتھ مُشیدِ منٛز۔ مگر أمۍ سُنٛد وَنُن اوس بھنگہِ منٛز نیٚون گژھان۔

اکہِ دوہ صُبحس پیٚیہِ سارِنے عبرت تہٕ سُلہِ ووٚتھ نہٕ کانٛہہ تہٕ نہ پٔر نمازٕ ے کأنٛسہِ، دوپُہر آو دوہ تہٕ بوٗز زِ موذن چھُ سخت بیمار گوٚمُت تہٕ بسترس منٛز چھُ شوٗنگِتھ اوے دِژ نہٕ از کأنٛسہِ بانگ۔

بیگم صأبہِ توٚر فکرٕ زِ موذن چھُ بچوراسہِ سأرے محلس نمازِ ہُنٛد ٹھیکہٕ دار۔ سُہ ووٚتھ نہٕ بانگ دنہِ محلس گیہِ فجر نماز اتھِ۔ ممہٕ کاکس تھأوِنۍ اللہ تعالیٰ وارٕ کارٕ ییٚمہِ ہشژٕ برکژ سورُے محلہ چھُ توتہِ فجر نماز وقتس پیٹھ پران۔

☆☆☆

# قہٕر

پُلسہٕ جماعت اکھ ژایہِ شرارتہٕ ہوٚت عبداللہ سٕنٛدِس گرس منٛز تہٕ اندر اُژھی تھےٚ وۄنہس۔

نذیر عرف جہانگیر کہاں ہے

(نذیر کتہِ چھُ، تیٚمس جہانگیر شاہ وَنان چھ؟

او ماتا جی نذیر کہاں ہے۔ کہاں چُھپا رکھا ہے اُس کو

او ماتا جی کتہِ چھُ نذیر۔ کتہِ چھُ تھٔن ژۄ رِتھو وُمت۔

بندوق بردار ووٚن عبداللہ ہنہِ ماجہِ سخت لہجس منٛز۔

ہمارے پاس اس کی گرفتاری کا وارنٹ ہے۔

اسہِ نِش چھُ تمی سٕنٛزِ گرفتاری ہُند وارنٹ۔

صاب جی سُہ چھُ نہٕ واریا ہو دوہو پٔتھٕ گرٕ آمت۔ مےٚ چھنہٕ پتاہ کتہِ چھُ۔

اماں جی دیُت پننہِ سادگی سان جواب ۔

"کیا کام کرتا ہے تمہارا بیٹا؟ بندوقوں کا کاروبار یا بموں کا بیوپار"

کیٛاہ کأم چھُ کران چون نیٚچو ، بندوٗقن ہُند کاروبار کنہٕ بمن ہُند باپار۔

اماں جی وُچھاأر اَنی سان تُمس گُن تہٕ وونس۔ تہِ کم کتھ چھو کران مے چھُنہٕ کہنی فِکرِ تران۔

اسہِ چھِ چانس گرس تلاشی کرٕنی تہٕ نذیر ژھانڈُن۔ وَن کتہِ چھُ تھن تھوومُت۔ أکی آرمی وألی تھاو پندوٕ قچ نلی گرایپأرِ تہٕ گرایپأرِ۔

''ووِلہٕ...... پکھ مے ٔستی ہیوٚر رـ مے ٔچھِ تلاشی کرٕنی''۔ راتھ (اماں جی) روٗز تُمس بُتھس وُچھان تہٕ ژھوپہٕ دم کُرِتھ گُھرٕ تمن ٔستی ہیوٚر۔

امہِ ساعتہٕ اوس نہٕ گرس منز کانٛہہ مرد۔ صرف أسی أمی ہنٛز جوان کوٗر۔ نذیر اوس أمس جوان نیچُیس بی اے کرنہٕ پتہٕ اوس بے کار گرِ بہتھ۔

اکہِ دوہہِ دزا واچانک پلو دَلوبنٛد گُرِتھ کوٚت تام۔ ماجہِ ییٚلہ پرٕژھنس کوٚت سا، تُمی وونس مے ٔچھُ کتھ تام ٹرینگ پٹھ گژھُن پتہٕ میلہِ مے نوکری۔ ژٕون ربتن تام چھُنہٕ أمی سُنٛد پے ناپتاہ۔ اتھ وقتس منز سوزن ماألی ہنٛدِ ناوِ ترٛیہِ لٹہِ زِ زٕ ساس روپیہِ تاکہِ گرٕچ حالت روزِ ٹھیک۔ مألی ماجہِ تہٕ سوٗنچس زِ نوکری چھُ لوٚگمُت۔ مگر ینہٕ واپس چھ آمُت پولیس تہٕ آرمی چھس پتے لُجمُوگرا دوہس ژھانڈوتہٕ گراراتس۔

آرمی وألی کھٕتی ربہِ بۆٹو سان ہیرن تہٕ وأتی ہیوٚر...... ''یتھ کُھٹس منز چھاروزان...... یم چھا تُمی ہنٛدی چیز......''

آرمی وألی ژلیہِ أکس کُٹھس منز لوٚگُھ تُمی ہنٛد بن چیزن تہس نہس کرُن۔

یہِ اوس پزٕ ی پاٗٹھی تٔمی سُند کُٹھ۔...... ''ییٚم چھا کتابہٕ......یہِ کیا چھُ......فوٹو......
یہِ کیا......پلو......کاغذ......قمیض......بنٛیان......اُف مٔکری موزٕ......یہٕ''

اکھا اکھ چیز اٗسی ٹُلان تہٕ دِوان داٗری داٗری۔ باسان اوس تِم چھِ کیاہتام
ژھانڈان یُس نہٕ میلان چھُکھ۔ خدا زانان تِم کیا اٗسی اصلی ژھانڈان۔

''چلو دوسرا کمرہ دکھاؤ''۔ راٗحت وۄژھ لوتی پاٗٹھی گٔیہِ یمن ستی دۄیمس
کُٹھس تام۔ مگر دروازس تل واتانے گٔیہِ تس زن قدمہٕ رُکتھ۔ تِمو دِیت
دروازس کھور ستی زورٕ ٹاس تہٕ دروازٕ کھُلیو زورٕ سان۔ اند راٗس سکینہٕ بہتھ
پران۔ سو وۄژھ یکدم زن دیتُس ہتھ لۄکن دَکہٕ تہٕ گٔیہِ ماجہِ نِش۔

سکینہٕ اٗس بہمہِ جماژ پران تہٕ امتحانٕچ تیاٗری اٗس کران۔

سو اٗس واریاہ خوبصوٗرت وۄنٛجھِ اٗچھ، نِکی وُٹھ تہٕ زٔنٛٹھ نس آسمانٕچ زوٗن
اٗس تس وُچھِتھ زن منٛد چھان۔

عبداللہ ہس تہٕ راٗحتہِ اٗسی یٔم زٕ بچہٕ۔ عبداللہ اوس داش زمینس منٛز
موٗزوٗری کران تہٕ واریاہ کم اوس کماٗے کران۔ گرٕچ حالت تہِ اٗس نہٕ زیادٕ
اصل کینٛہہ۔ مگر عبداللہ ہنٕ پرناوی یٔم شُری کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ گرِتھ۔ سُہ اوس پانہٕ
انپڑھ۔ مگر یژھان اوس تٔمی ہنٛدی پاٗٹھی گرٛھن نہٕ شُری انپڑھ روزِن، یِم
گرٛھن پرٕنی لیکھٕنی تہٕ کینٛہہ حاٗصل کرٕنی۔ تاکہِ یُس مشکل تس پانس آو سُہ
گرٛھِ نہٕ تس ہنٛدبن شُربن یُن۔ دِلس منٛز اٗسس وونی کورِ ہنٛدِ خانٛدرٕچ فکر

مگر سوٗنچان اوس پرٕتھ لیکھتھ اگر حاصل کوٗرُن کینٛہہ تہٕ لڑکہٕ تہٕ میٔلس پائے جان۔ أمی ہنٛز خوبصوٗرتی تہٕ رٔژر روٗچھتھ اُس أمی ہنٛز پو پھ تہٕ ماس پٔتنن نیٚچو بن ہُنٛد رشتہٕ ہیتھ آمٕتی مگر یمو کوٗر سارِنی انکار زِیہ کوٗرچھِ وُنہِ لوکٹ وُنہِ کرہوس نہٕ خانٛدر کینٛہہ۔

انٛدرأژی تھےٚ زن پھچہٕ آرمی والین أچھِ تہٕ روز کھ أچھِ یلے۔ ''یہِ کٔمی ہنٛز کوٗرچھِ؟ یہ چھا جہانگیرس ہیٚنہِ۔ أکی آرمی وألی وٚون طنزیہ اندازس منٛز۔ یہِ پھیوٗر کوٗرِ گُن۔ ''ہے کوٗری کیاہے چھے ناو''۔ پرژھنس اردو پأٹھی۔

سکینہ گیہِ أمس جواب دنہٕ بغأر ماجہِ ہتی لأرِتھ۔ سو اُس یمن وردی والین واریاہ کھوژان۔ اوَے کوٗرنہٕ ماجہِ تہِ وونٛکھ تام أمس کورِ آلو سو اُس کھوژان زِ أسی ماجہِ کورِ زِ ے چھِ یتہِ تہٕ وردی وألی پانٛژھ ہ پانٛژھ ہ۔

''صاحب جی تُہی گُر و تلاشی تُہی کیا چھُو وچھُن''...... چیٖزن گُن اشارٕ کران وٚون راحتہِ یمن۔ وردی وألِس توٗر فکرِ تہٕ وونُنس ''ہمیں تو ڈھونڈنے بغیر مل گیا۔ لاجواب ہیرہ''

وونی کیا چھُ اسہِ ژھانڈن۔ ژھانڈنے لوٚب اسہِ ہیرہ...... لاجواب تہٕ مولُل'' امہِ ہنٛزِ آوازِ منٛز زن شیطان آولبنہٕ۔ سُہ گوٚو سکینس نِش تہٕ سکینہٕ تھوٗد پٔتن بُتھ ماجہِ ہتی کنی ژوٗرِ۔

بندوٗق وول گوٚو أمس بروٗنٛہہ گُن تہٕ بندوٗق نلہِ ہتی دیُتُن أمی ہنٛدِس

ہتھس پھش۔

اتھس کُرنس تھپھ أنن ماجہِ پتیٛ کنٛ کڈِتھ۔

(یہ چاند بادلوں میں کیوں چھپا ہے")

"یہِ زوٗن کتھ چھیہِ اوٚبرس تل روزان"۔

"ہتا ہیا میوٗن بوزو"...... راحتہِ کھوٚت شرارت تہٕ وٚننکھ شراتہٕ ہوٚتے۔

یمہِ موکھ آءمتیٛ چھوٚ تہِ کرِ وتہٕ نیرو......"میانہِ کورِ کُن ماٹلیو أچھہِ تہٕ خبردار چھُوٚ"۔

"ہم اسی لیئے آئے ہیں"

"اوہ......اچھا......أسی کمہِ موکھہِ چھِ آءمتیٛ......امہِ موکھہِ یِی کرنہِ چھِ

آءمتیٛ أسی......"۔أمی وٚون مذاق کران کران تہٕ ترٛ ووٗن اَسن کھنگالہٕ۔

راحتہِ آو زیادٕے غوصہٕ۔امہِ کُر کورِ زورٕ تھپ۔مگر وردی واٲلی لوٚم تہِ تھٕ

پاٲٹھی أمی ہتھٕ زہِ ہہِ واٲ ژٕ تمس رِش۔

امہِ پتہٕ کوٚر تمی دون ساٲتھین اشارٕ تہٕ تمو نیہِ راٲحت دوشوٕنی اتھن تھپ

کرِتھ ۔راٲحت اٲس اتھٕ کھورو ایان تہٕ کرٛ بکہٕ نادلایان۔

"خبردار ظاٲلمو......میاٲنی کوٗرترٛ آوون یلہٕ۔خبردار چھُو اگر أمس اتھہٕ

لوٚ گوٕ۔یہِ چھنا تو ہہِ پنٕنی کوٗر ہش......امہِ پتہٕ وٚونُن سکینس کن۔

"سکینے پینٕہ یمن اتھہٕ دِکھ لاگنہٕ۔ہتھ ژٹکھ،ژٕ پی ہبکھ،مگر اتھ دِزِ یکھ نہٕ

لاگنہٕ......ہیو کمینو......ہیو ظاٲلمو......میاٲنی کوٗرترٛ آوون یلہٕ...... أمس پتھ

گرِ ورحم۔

مگر یمن پیٹھ یۍلہِ نہٕ کانٛہہ اثر گوٚ وتمہِ ہیوٚ بڈِ بڈِ کرٛ بکہِ دِنہِ۔

''ہیو محلہٕ والو...... گنہِ کانٛہہ چھوونا...... مےٚ بچأوون کوٗر...... مےٚ بچأوون کوٗر...... میأنۍ کوٗر......فو جین تڑ اووتس کلس پیٹھ بٹھ ٹاس تیٚوٗت زورٕ زِ سو گیہِ بے ہوش تہٕ پیہِ پتھر۔

''رأحتی......رأحتی......تلے ہوشش منٛز یہِ۔ ہیے رأحتی......'' عبداللہ چھُ تمس ہوشش منٛز انٛنہٕ سٕنٛز کوٗشش کران۔ ''تلے ہوشش منٛز یتہٕ......گرٕ کی چیز کیا زِ سأری ہیے وٕہراونہٕ آمٕتۍ۔ وۅتھ وونۍ......سکینہٕ کتہِ چھِ......''۔

سکیٖنن ناو بوٗزی تھۍ وٕتھ سوأ کی ہیے چھٹکس منٛز تہٕ لوٚگُن دوٗرُن۔

''سکینۍ......سکینۍ''۔ سکینہٕ کتہِ چھِ گرس منٛز چھنا'' ......سکینۍ......سکینۍ گتی چھکھ''۔

رأحت چھِ سأرۍ گرس ژھانٛڈ دِوان ۔ مگر سکینہٕ چھنہٕ کُنہِ اتھِ یِوان...... تتھ گُٹھس منٛز یتہِ سوأس تتہِ چھنہٕ کہنۍ......یم چھِ سأری ہیے ژھانڈان۔

دۆیمہِ دوہ اُس سکیٖنۍ لاش سڑکہِ اپارِ پیتھ......خوٗنس منٛز غوطہٕ دِتھ۔
آفتاب اوس کھسنہٕ بروٚنٛہہ لوٗسمت تہٕ منٛدنن شام گرِتھ گومُت۔

☆☆☆

# ڈھیل

سوٲس کمہِ تأئی بُتھِ دکاندارس زارِ پارِ کرانِ ہتہٕ سابلایہِ لگیے، زُووندِ ے ژُمژٕ راوتہٕ دُکان۔ مےٚ چھ یمہِ بٹہٕ وارِکورِ خاندرتہٕ وُنہِ چھُم نہٕ کانٛہہ چیز گرس منزٕ ووتمُت۔ یتم زٕ ربتھ وأتی کرفیو، ہڑتال تہٕ تالابندی۔ بہٕ کیٛاہ کرٕ'۔

'ہتے موجی مےٚ اوسا شوق دُکان بندٕ کرِتھ بِہنس۔ یام بہٕ دُکان یلہٕ ترٛاوِ تامہِ ین حوأل موألی تہٕ کرناوَن دُکان بند'

یہِ اوس جوان لڑکہٕ تہٕ أمس باسے یہِ ماجہِ ہش۔ تمہِ وُنُس ''دپان ہے چھِ ازچھِ ڈھیل ژورِبجہِ پیٹھہٕ۔ بہٕ دژ ایس توے زِ دکان ما کھُلن''۔

''موجی وُنہِ چھِ ژور بجنس تام داہ منٹ بہٕ تہِ چھُس توے دژ امُت۔ اگر دِن کھُلاونہٕ بہٕ چھُس پیٛتی ژےٚ کیٛاہ گژھی''۔

عزی ٲسی واریاہہِ کالی ڈھیلہِ ہُنٛد ناوہٕ زِتھ بازرد ژامژ۔ تمہِ کوٚ ڈِلسٹ تہٕ ترٲونس نظرا۔ لِسٹس منزٕ اوس مصالحہ دُکانہٕ پیٹھہٕ نوٗن، تیٛل، مرژٕ وانگن، لیٚدر بیترِ۔ کپرٕ دُکانہٕ پیٹھ پاژٕ ستھ سوٗٹ، چینہِ دُکان پیٹھہٕ زٕ ترےٚ چینہِ تہٕ زٕ ترےٚ

بۄٹ۔ حالس اُس سو مصالہٕ دُکان وأنس ہٕتی کتھ کران تہٕ ژور بجنس پراران۔

دُکان دار چھِ سأری دراہمتی تہٕ چھِ اُکسے جایہِ جمع گژھتھ پژاران۔ کُس کھولہِ گوڈٕ دُکان۔ زن تہِ بیٚار ہٕنس اُس گھنٹی ژھٕنٛنی، کُس ژھنبس۔

اُمی سُند زار پار گوسیوٚ دُرے تہٕ دُکاندار وۄتھ بسم اللہ کٔرِتھ تہٕ کھولُن شٹرس قُلف۔ یہوے گودم ہیوٚ زِ ژواپأری لٔگی دُکانن شٹر کھُلنہِ تہٕ بازر گو یلہٕ۔

اُمس چھنہِ پژھے یِوان۔ یہ چھیہِ پانسے ہٕتی ونان "کوٚرِ اوسُم ووٚنمت اگر بازر گُھلہِ مےٚ کرُن فون"۔ امہِ کوڈ موبایل تہٕ ووٚنُن نسرین جانس زِ جل وات مہاراج بازر، تس اوس رام باغہٕ پیٹھ یِن تہٕ تس کیٛاہ لگہِ ہا۔

یہِ پیٹھ ییِتس کالس مصالہٕ دُکاندارس نش مصالہٕ کڈنہِ۔ وُنہٕ اُسی تُمی مرژ وانگن تہٕ لیٚد ربے یأ ژ کڈٕ مژ تہٕ نبر دُکانہٕ کٔنی گیہِ وِسلہٕ تہٕ وِسلن پیٹھ گیہِ وِسلہٕ۔ یہ گیہِ حأران ۔ "اما سأنس شہرس منٛز کُس چھُ یِمہٕ وسلہِ وایان" تہٕ دُکاندارس پرژھنہٕ بروٚنٹھے ووٚننس تمی اورے۔

"موجی وَس وَس دُکانہٕ پیٹھ یہٕ کرِے دُکان بند"۔

"کیٛاز زِ کیٛاہ گو۔ وُنہِ نے داہ منٹ تہِ گیہِ نہٕ دُکان کھوٚلمتس ..........

مےٚ کوٚر کور فون سو تہٕ واتہِ یوٚری ..............."۔

"نہ سا موجی...... وِسلہٕ چھکھ نا بوزان ۔ وردی وأنی چھِ پکان تہٕ دُکان بند کرناوان.......... اگر نہٕ دُکان بند کوٚرتم ژھٕنن سورُے مال سڑکہٕ

پٹھ چھکِتھ بیٚیہِ لگاوُن ٹیر گیس تہٕ پیلٹ۔ ژٕ ے چھےٚ ناپتا تمہِ ستی چھہِ دُمرِ پٹھ

أنٕی گژھان تہٕ أچھن آون پیوان۔

امہِ ژٕھنٕی یہِ ڈٕپِ زِ تہٕ عزی دُکانہٕ منٛز کڈِتھ تہٕ کوٚرُن دُکان بند۔ سوٗرے

مہاراج بازر اوس تتی ہیٚ کالس بند گومُت۔ تہٕ لۄکھ أسی آلبن شروٗ ہمتی۔

وردی وٲلی أسی بندوق پھکین پٹھ تھأوِتھ وارِ وارِ پورتر اوان تہٕ تمن بروٗنٛہہ

بروٗنٛہہ اکھ نفر زن تہِ میرِ کاروان، أسس منٛز وِسل تھأوِتھ وایان۔ تہٕ اشارو ستی

ہاوان ''دُکان کٔرِو بند''۔ عزی ڈٕز ربکھ تام۔ سأرِ ہیٚ پانس زن گنڈِنس

ریٖہہ۔ اکہِ انٛدٕ چھس اوٗش وَسان تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ کورِ ہُنٛد خاندرڈیٚنٛٹھی گژھان۔

یہِ وٲ ژٕ أمس میر کاروانس نِش تہٕ أمی ہاوُس اشارٕ ''جلدی ژلنگ'' مگر

عزی ہیٚٹھ نہٕ ژھوپہِ کٔرِتھ کینٛہہ تہٕ ووٚنُس۔

''کیا بات ہے اس وقت تو ڈھیل ہے دکان کیوں بند کراتا ہے''۔

سُہ وۄتھس تو رِبٔڈِتھ تہٕ بۄلِتھ روبہِ سان ''کوئی ڈھیل نہیں ہے۔ ہم نے

کوئی ڈھیل نہیں دی ہے ........... کرفیو ہے کرفیو...... بھاگو یہاں

سے......''۔ (کہنٕی ڈھیل چھنہٕ۔ اسہِ چھنہٕ کانٛہہ ڈھیل دِژٕمٕژ۔ کرفیو چھُ

کرفیو......ژٕلیوٗ ژٕلیوٗ)

سُہ آو واپس تہٕ وۄچھن أمس کیا چھُ اتھ ٹھیلس منٛز تہٕ لٲجنس تلاشی کرٕنٕی۔

یہِ وۄژھ أمس وردی وٲلِس ''اس میں مرچی ہے اور ہلدی............''

دکھاوٕ ہمیں اتنی مرچی اتنی ہلدی کو کیا کرنا ہے...... أمی کوٚر نس روعب۔ امہِ تُل یہِ لفافہٕ تہٕ چھوٚکُن سٕرکن پیٹھ۔ سٕرکہِ گولیٚڈُر رنگ تہٕ مرٕژ وانگن کربٹھ کھٕژ المن۔ أمس کھوٚت شرارتھ۔ وَدن کربکھ ژٕ جس نیٖر تھ۔



# زوٗن

زوٗنہِ اوس داغ مگر تٔمی ہِندِس بُتھِس اوس نہٕ داغ تہِ۔ تٔمی ہِنٛز بُمہٕ آسہٕ کمانہِ ہِنٛدی پٲٹھی زن تہِ تمہِ مٕنٛز نیرن وول اوس۔ أچھ وِچھِ وِچھِ تہٕ اچھر وال زٲٹھی زٲٹھی تیٖز مٲری مٕنٛز تہٕ خوبصوٗرت زنتہٕ خدایَن فرصت سان بنٲوِمژ آس۔

مٕنٛزم یارٕبن آس رٔج لٔجمٕژ۔ اکھ اوس یِوان تہٕ بیٚیا کھ اوس نیران۔ مگر أمی ہِندِس مٲلِس اوس نہٕ کانٛہہ گرِ پسندٕے کھسان۔ نہٕ اوٗسِس کانٛہہ أمِس لایق بوزنہٕ یِوان۔ تٔمِس اوس باسان زِ سوچھےٚ ژودٲہم زوٗن۔ اوَے اوس سُہ تٔمِس زوٗن وَنان۔ نتہٕ اوس تٔمِس اصلی ناو زینت تہٕ واریاہ کم أشناو آسی تٔمِس زینت ناوٕ ستی زانان۔ اوَے أسی سٲری تٔمِس مٲلی ہِندی پٲٹھی زوٗن وَنان۔

زوٗن آس وُنہِ وُنہِ ہٕہمہِ جمٲژ پرٲنی۔ أمی سُنٛد مول اوس وَنان زِ مےٚ چھنہٕ وُنہِ أمی ہِندِس خاندرِس کانٛہہ جلدی۔ مگر مٕنٛزم یٲربن ہِنٛز اژٕ نیرٕ تہٕ یِن گژھُن اوس تیوٗت زِ أمِس آس پَنٕنی گرِ واتی تہِ وَنان ''أمِس اگر خریدار یِیہِ زیوراوٗن کیٛا زِ چھُ تیلہِ ضروٗری''۔

مختصر پٲٹھی آوا کھ لڑکہٕ زوٗنہِ ہِندِس مٲلِس پسند۔ خوش شکیل تہٕ خوش باش۔ یَس کتھِ کنِ زنتہٕ پوٗش أسی ہران تہٕ وُٹھن پیٚٹھ اکھ مٔدر مسکراہٹ ہش

ہمیشہٕ آسان ٲس۔ زٕنہِ ہِنٛدِس مٲلِس نیٚوٗ ٲمۍ دِل تہٕ کوٚرُن مٔنٛزم یٲرِس آنکار۔ لڑکس اوس ناو آفتاب۔ دوٚیُن زٕنہِ کٔیت چھُ آفتابٕے بنیومُت۔

خاندرٕچ تیٲری گٔیہِ زورٕ سان شروٗع تہٕ خاندرووت کلس پیٹھ۔ پوشہٕ مالو تہٕ پوشہِ گندوٚ ستۍ ٲس مہرازٕ گاڑی سجاونہٕ آمٕژ تہٕ آفتاب اوس آفتابکۍ پٲٹھۍ گاہ ترٛاوان تہٕ پرٛزلان۔ گاوُن اوس تلہٕ کامہِ ستۍ چمکان تہٕ زٕژ ترٛاوان۔ سبز دستارس ٲس چمک ووتھان تہٕ کیٛاہ زبر اوس شوٗبان۔ موختہٕ مالن تہٕ روپیہٕ مالن گٔیہِ ڈھیر تہٕ انبار، زٕنہِ ہُنٛد مول اوس سیٹھاہ خوش۔

زٕن واٲژ واٲرِو تہٕ اژوٗنے کوٚرہس کھورن تل ہونٛڈ ذبح تہٕ ژایہِ زٕن واٲروٚچہِ پینٛجہِ راج کرنہِ یہٕ زن زنانہٕ آسہٕ ونہٕ وُنس منٛز وَنان۔

آفتابُن کُٹھ اوس مالو ستۍ سجٲوِتھ تہٕ جایہِ جایہٕ ٲسۍ پوش لٲگِتھ تہٕ واوٕ مالہٕ آسہٕ سٲرِے لاگنہٕ آمٕژ۔ زٕن ٲس لوٚتی لوٚتی پٔرۍ ترٛاوان، یوٚت تام پِنٛنس کُٹھس منٛز واٲژ۔

گلفام ٲس دروازس پیٹھ وودنہٕ روٗزِتھ آفتابس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ زِنتہٕ اوسُس ٲچھن منٛز اوٗش نژان مگر وَسنہٕ ٲسس نہِ دِوان کٔنٛہہ۔

گُلفام ٲس اکھ گامہٕ کوٗر تہٕ ٲس یِہنٛدِس گرس منٛز کٲم کران۔ سو ٲس انپڑھ تہٕ توٚے ٲس گرٕ کامہِ کران تہٕ رٔبتھ گرٕ ہِتھ ٲس تنخواہ نوان۔ سو ٲس وارِیاہ خوبصورت تہٕ ووتھوٗنۍ۔ تٔمس ٲس پھولہٕ ووٚنۍ شانہٕ تہٕ کٲم کرنس

اوُسُس اکھ برٛنٛز لگان۔ تٔمۍ اوس سارِنٕے ہُنٛد دِل زیُٛنمُت۔ گرس منٛز اوس نہٕ
کانٛہہ تٔمس ملأزم یاداے مانان۔ سوٲس گرٕچ اکھ بأژہش۔
ازٲس گُلفامِ نِس بٕتھس پیٹھ اکھ عجیب فکرِ تہٕ پریشانی ہش باسان۔
زن تہٕ اوُسُس دماغ آوُرتہٕ سونچان ٲس۔
آفتابن یام پٔنٕس کُٹھس کن پکُن ہیوٚت زِ نفر آیہِ تٔمس برونٛٹھ کُن تہٕ
وۄنہس: ''آفتاباہ گوڑ کراسہِ ستی حساب اِدگژھ ژٕ نِٔ مہرینہِ ستی''۔
''کُس حساب؟ کمیُک حساب؟'' یہِ گوٚ وحأران۔
''گُلِس ڈوٚل کیاہ زِ چھکھ لاگان، یا گوٚو پے چھےٚ نہٕ۔ تمو دوشوے
وۄنہس یکہٕ وٹہٕ۔
مےٚ چھ نہٕ کینٛہہ تہِ فکرِ ترٛان، تُہۍ کیاہ چھوٕ وَنان۔
ہیابہِ ہا کرٕ ے پیٚتی زِ حصہٕ۔ ٲمۍ کڈ بیٚنہِ منٛزٕ شرٛ اکھ تہٕ ہٲونس۔ آفتاب
کھوٚت ہناپتھ، تہٕ وۄننکھ۔
''مےٚ ناچھُنہٕ فکرِ تران تُہۍ تھٲوِ وشرٛ اکھ بند تہٕ مےٚ وٚنیُو کیاہ چھِ ڈلیل۔
اتہِ آیہِ سأری أندی پکٕ تہٕ وُچھکھ یہِ نفر شرٛ اکھ ہتھ مہرازس برونٛٹھ کنہِ۔
سالِ بوتہٕ گرِ کبو کوٚ ریمن دوشوٕنی گیرِ تہٕ گرِکھ بنٛد۔ مگر یہِ نفر چھُ کرہکہٕ دِوان۔
''گوڑ کرسانہِ بیٚنہِ ہُنٛد حساب''
''بیٚنہِ؟ کوسہٕ بیٚنہِ؟''

سوے یوسہٕ چانٕس گرس منٛز چھِ کٲم کران، بتہٕ رنان تہٕ پلو چھلان چھِ۔

''گلفام ہا ؟ اِدِ ...... اِدِ ......سو چھِ میانٕس گرس منٛز کٲم کرن واجنؠ ......اُمس گٔیہِ ہٕٹہٕ گوجہِ ...... تہٕ زیٛو گوس پھو پھ تہٕ چھُس وَنان......''بہٕ کیاہ کرٕ تٕمس''

شرٛاکہِ واٲلی کٔڈ شرٛاک تہٕ ہیٚژھُنس لاینٛز۔

''ہیا تاون زدا تٕمس ہا چھے چون بچہٕ یڈٕ منٛز چھُ۔ پانٕہٕ کوٚرُتھ خاندر سو تراٗوِتھن وتہِ پٮ۪ٹھ، یا کرتس ستی خاندر نتہٕ کروونی اسہِ ستی حساب؟

آفتاب گوٚ وترٕ بن تہٕ ترٛ وہن منٛز ییٚرِ۔ تٕمس چھُنہٕ کیٛنہہ تہِ تگان وَنُن تہٕ نہٕ بوزُن...... یہ چھاپٕ ژکنہٕ اپٕز تہ کس چھِ پتاہ۔ مگر اُمس گٔیہِ ژھوپہٕ اوٚ کنہٕ آسہِ اتھ منٛز پزر۔ نوشہِ ہنٛز ژھوپہٕ گٔیہِ آنکار۔ اَنٛدی پکی لۄکو یِموِ یم رٔٹتھ اُسی تھاوی ژتی تم گٔیہِ حٲران تہٕ ترٛ اُوِکھ یِم یلہٕ۔

یِی وَنان وَنان تُجٕ تٕمی شرٛاک تہٕ واٗنِس کلس تہٕ دوٚپنس۔

''چون گناہ چھُ سزاہس لایق تہٕ بہٕ دِمے ژٕے پانٕہٕ سزا۔

وُچھان وُچھان گوٚ آفتاب خوٗنہٕ مہراز ہٕنٛتھ تہٕ زۄن لٔج درس۔ زۄنہٕ اوس نہٕ کانٛہہ تہِ گوناہ کوٚرمُت۔ مگر آفتابس ستی رلنہٕ برونٛٹھے آوتس گٹہٕ پچھ۔ تس لوٚگ گرٛہن تہٕ آیہ گٹہِ منٛز ولنہٕ تہٕ وُتھنہٕ۔

☆☆☆

# پاگل

نصرت اُس وُنہِ داہ وٗرشی، مگر سو اُس تیژ خوبصورت تہٕ ماٗری مٕنز زِیُس تِمس وُچھان اوس سُہ اوس دیوانہٕ گژھان۔ تٔمی ہٕنٛدی دٔنٛد اٗسی موختہٕ پھٕلی ہِوی تٔمی ہٕنٛدِس اَسَس مَنٛز اٗسی تِتھہِ پاٗٹھی سجان تہٕ شوٗبان زن تہٕ اٗسی گُرِتھ تہٕ ژٔرِتھ لاگنہٕ آمٕتی۔ تٔمی ہنٛزٕ اَچھِ تہٕ بمہٕ آسہٕ تیژ کٔر ہہنہِ زن تہٕ اوسکھ رنگ کوٗرمُت۔ تِمس اوس پٔنٕنس گرس منٛز اکھ انھوٗر پیٚتر۔ یُس تِمس ژھاین تہٕ گراین وُچھان آسان اوس۔ تِمس آسہٕ اَنٛدری دِلس شرٛاکہِ وَسان۔ یام سُہ نصرتس کُنی زٕنی وُچھان اوس سُہ اوس لاگان اُمس ہٕتنٕ سیتھ کرٕنی۔

نصرتس اوس نہٕ کُہنہ تہِ فکرِ تران زِ یہِ کیاہ چھُ کران۔ مگر یوٗت یوٗت نصرت بٔڈ بٔڈ گیہِ گژھان تیوٗت تیوٗت توٗر اُمس اُمی ہنٛزن ژھرٛٹن ہُنٛد فکرِ۔ یام اُمس پیٚتر ہیہِ ہااتھہِ لاگُن تام اُس یہ ژلان۔ یِیمہٕ ہٕتی امی ہندِس پیٚترس زیادٕے شرٛاکہِ وَسان آسہِ تہٕ اَنٛدرِم ژوٗراوُسُس نبر نیرنٕچ کوٗشش کران تہٕ اوس اُمس دباونٕچ کوٗشش کران۔

یتہِ اُس ووٗنی زیرک گٔمٕژ تہٕ اُس اُتی اُمس وَنان۔

دُیکھِ آیہِ موج، بہٕ وَنہٕ اُمسے، سُہ اوس دِوان ہُپاٗری یپاٗری نظراہ تہٕ اتہِ یِیلہِ

نہٕ کانٛہہ اوس آسان سٕہ اوس أمس زیادٕ تنگ کران تہٕ پٔنٕنۍ بڑاس اوس کڈان۔

نصرت أس لوکٕٹِہ أمی ہٕنٛدس کُٹھس منٛز تہٕ مٔنٛزی مٔنٛزی کھسان۔ مگر وونی اوس تمہٕ تور تہٕ کھسن تٕر وومُت۔ سو أس وونی زیادٕ پٔنٕنس کُٹھس منٛزٕ ے ہانکل گٔرِتھ بہان۔ یتھ پٹھ تمس أس موج ناراض گژھان۔ مگر سو أس نہٕ ماجہِ کانٛہہ کتھاہ وٕنِتھ ہیکان تہٕ نہ کینٛہہ سمجھأوِتھ ہیکان۔

اکہِ دوہہِ چھِ نصرت پننہِ کُٹھِ دارِ کنۍ وُچھان۔ آنگنس منٛز وُچھن پیٚتر کیٛاہتام کأم کران، تمسندِس پیٚترس پیٚیہِ نظر تہٕ سٕہ کھوٚت تۄرۍ۔

نصرتس أس ہانکل کرِنۍ مٔشد گمٕژ۔ یہ گوٚو لوٚت لوٚت نصرتس نزدیک تہٕ رٕٹن پٔتۍ کنۍ زورٕ دوٚیاتھ ہٕستی۔

نصرتس تۄر فکرِ زِ شیطانس چھ مغزن منٛز کہتام ژامُت۔ تٔمی تہِ ہووز ورپٔنن تہٕ گٔرِن شیطانس ہٕستی لڑاے برابر۔ یوٚ تام پیٚتر واتہٕ نوٚوُن دارِ تل۔ تتھٕن دیُتنس زورٕ دکہٕ تہٕ سٕہ گوٚو دارِ کنۍ بون۔ بوٚنہِ کنہِ آسہِ کنہِ تہٕ تمِس پھوٚت کلہٕ تہٕ أمس چھُ خوٗن وَسان۔ نصرت چھِ کرٛکہٕ لایان۔

”اے چاچہٕ گوٚو پاگل...... چاچہٕ گوٚو پاگل...... چاچن دِژ ووٹھ...... چاچن دِژ دارِ کنۍ ووٹھ۔ سأری گرِکی دژاے تہٕ وُچھکھ چاچس چھ خوٗنہٕ ہٕستی کلہٕ برٛتھ تہٕ أچھِ چھس بنٛد۔

☆☆☆

# دُبہٕ راے

ٲتمس آس از دِلس دُبہٕ راے گژھان۔ ٲتمس اوس باسان زنتہٕ أنٛدری ٹاس ٹاس گژھان۔ مگر سوٗ آس نہٕ زیوِ پیٹھ کینٛہہ تہِ ہیوان۔ ڈیکس اوٗسس عأرق شژانوٕ وَسان تہٕ کنوٚ کنِٕ اوٗسس زن نار نیران۔ امہِ ساعتہٕ اوٗسس نہٕ ووٚدنہِ تہِ روزُن بنان۔ سوٗ آس وارِ وارِ پتھر بہان، أچھ بند تھاوان، کلیجہٕ پۄژ مُوراوان تہٕ ٲتکیس پیٹھ کلہٕ تراوان۔

''ہتا گوٚبراہ ووٚنی ہا چھُم اکُے طمع بہٕ انہٕ ہن نوش۔ ژٕ کیٛاہ چھکھ وَنان، ووٚنی ہا لٔجی نوکری تہِ۔

''ہتے موجی، کوٚ سۍ جلدی چھےٚ۔ گوٚڈٕ ہے کرٕ ہا نوکری دوٚن ترٕبن وٕرِین، پوٚنسہٕ ژوٚنٛک زینہٕ ہا، اِدٕ کرتہٕ ژٕمےٚ خانٛدر عأش کٔرِتھ۔ یٔتھ ژےٚ خوش کرِتھ۔

''ٹھیک چھُ''۔ یہ وٕنِتھ کٔرٲتمی ژھوپہٕ مگر أندرِم حال چھُ ٲتمس پانس پتاہ۔

یہ أس سوٗنچان گوٚڈٕ کرِبہٕ تژشوٕنی شُربن خانٛدر تہٕ اِدٕ باوِ دِلُک دود۔ سوٗ أس یہ دلُک دود أندری ژالان مگر وَنان آسی نہٕ کینٛہہ۔

یہ أس زینب بی بی تہٕ أمس آسی ساٗری پنٛژ کیٛوٗ ووٚ پرزآنہٕ لالہٕ یاز آنہٕ

یوٗ پھ وَنان۔ یہ اُس سارِے قبیلچ ٹِکہ۔ یہ اُسی سارِنے ہُنْد دوکھ تہٕ دگ مُلی
ہیوان تہٕ ژالان تہٕ تمن دوکھس منز آرام واتناوان تہٕ سوکھس منز اُس تمن
اکار بکاریوان۔ اوے اُسی اُمس سأری پنُن زانان۔ مگر یہ اُس نہٕ کأنسہِ
پنُن دود یا دوکھ باوان۔ دراصل اُس نہٕ یہ کأنسہِ دوکھ یژھان دیُن۔

اُمس اُسی ترٛے نچِوی عمران، یاسر تہٕ مُنیر۔ یِم ترٛیشوٕے اُسی ووٗنی جوان
گٔمتی۔ اُکس اُس نوکری لٔجمٕژ تہٕ ز اُسی وُنہِ پراٗنی۔

بیٚیس نچِوس تہٕ پرٛژھن پیے کتھ۔ ژٕ کیاہ چھکھ وَنان اگر بہٕ ژٕے خاندر
کرے۔ ''ہتے موجی چأنی اتھ کمرٕ ٹی، مگر مےٚ دِتہٕ گوڑٕ پننہِ زنگن پیٹھ وارٕ
کھڑا گژھنہٕ ـــ مےٚ چھِ وُنہِ زنگہٕ نٹأنی۔ تٔمی ووٚنُس۔

''اِدِ ساگوٚ براہ تتھ کٔنی تھؤنیوٕ۔''

مگر ازیوسہٕ حالت اُمس اُندری گژھان اُس یہ چھِ دپان بیٚیہِ بہٕ
پرٛژھِ ہایمن خاندرُک...... مگر کرٕن ژھوپہٕ۔

اکھ زمانہٕ اوس ییلہِ یمن سبٹھاہ غربت اُس۔ بچہِ اُسی لوٕکٹی۔ وارٕ وارٕ
کوٚر خداین پنُن سہل تہٕ یأری گرن۔ پرٕتھ گرِتھ بنیٚیکھ نوکری۔ مگر خاندرٕ
باپت چھِنہٕ تیار گژھان۔

''بہٕ کس وَنہٕ مےٚ کیاہ چھُ گژھان۔ اگر بہٕ یمن وَنہٕ یِم تراون پنُن کأم
کار تہٕ لگن مےٚ ستیٚ تہٕ چھُنہٕ مےٚ قطعاً منظور''۔

یِی سونٛچان سونٛچان کڈٕ تٔمس دِلن ووڈھ تہٕ تٔمس باسیٚہ زبردست دگ سأرِہے سینس۔ بیٚہ باسیس زبردست دِچھ دُبرا ے۔اتھ تھوٚون سپنس پٔٹھ تہٕ پانس پٔٹھ رۄزُس نہٕ کانٛہہ تہٕ اختیار۔تہٕ أتی دُیثن آلو۔

''ہیا عمرا......عمہ......یاسرا......یاساہ......منیرا......مُنا......

عمران آو دوران دوران۔موجی کھیپے ڈٕلیل ......موجی......موجی......

کھپے،پتے آو یاسر تہٕ مُنیر تہٕ......تہٕ سأری چھِ موجی موجی کران۔

ماجہِ ہئز یہ حالت وُچھتھ کوٚر رُکھ جلدی مشورٕ زِموج پیٚہِ ہسپتال نتھ۔

ہسپتال واتان واتان گوٚ ودل تس رزِ روٚس گرھیوٚ یلہٕ تہٕ کُنہِ لوٚگ نہٕ ٹھٔہرنے،ہسپتال ییلہِ ڈاکٹرن وُچھی تہٕ تٔمی دوٚپ۔

'آپ نے آنے میں کافی دیر کر دی''۔

(توہہِ لوگو ویٚنس مئز بڈٕ ژیر)۔



# دبدِ صائب

دبدِ صائبس اوس سخ دود تہٕ سو اُس اُنہہ اُنہہ کران ۔ تِمس اُس تانس تانس دگ تہٕ دپان اُس مےٚ چھُنہٕ کُنہِ تانس زیر بنان کرِنی ۔

سأرِسے دوہس اُس دبد صائب بسترس پیٹھ شونگتھ ۔ چاے، ژوچہِ بتہٕ اُس دایہِ کوٚر بسترس پیٹھے انان ۔ تہٕ دبد صائب اُس بسترس پیٹھ کھیوان تہٕ چیٚوان ۔ گرا اُس وَنان دندس دود، گرا اُس وَنان کلہٕ دود، گرا میٚڈس دود، گرا اُس وَنان سأرِسے پانس چھُم دگ ۔ گرا اُس وِنان ہیتہٕ موجی ، گرا وَنان ہاے خدایہِ تہٕ گرا بڈِ بڈِ ووش تراوان ۔

یہ اُس گرِچ زٕھکی تہٕ بچن ہنز دبد ( نانی ) ۔ دوہ بِرتھ ییٚلہِ نیٚچو یِوان اوسُس اُمس اُس سارِے دوہچ ڈلیل گوش گزار کران ۔ گرا اُس شُربن چغلی کھیوان تہٕ گرا اُسس وَنان یمو مون نہٕ میون ۔

بُڈی بب اوس برؤنہہ خدایس ٹوٹھ گوٚمُت تہٕ یہِ اُس تنہٕ کُنی زِنی ۔ مگر اُمس اُسی یم سأری پتہٕ برؤنہہ وُچھان ۔ نوش تہٕ اُس اُمی سُنْد ہروِزِ خیال تھاوان ۔ مگر دبدِ صائبہٕ اوس کہے پہن کانسہِ ہُنْد کرُن لگان تہٕ وبژان ۔ تہٕ تِمس

اوس کِہے پہن ڈبکہٕ مُشراونہٕ یِوان۔ کھتھ چِتھ اُس وَنان کانْہہ مزٕ اوسُس
نہٕ۔ گُرِتھ کرأوِتھ اُس وَنان پانٕے پیٚوم کرُن۔

مگر از اوس دبد صأبس سخ دود۔ تِمس اُس بے قرأری تہٕ اُس گرا
دوتھان تہٕ گرا بیہان۔

دایہِ کوٗرژایہِ دبد صأبس نِش تہٕ وٕنُس "دادی بتہٕ انہٕ سہ" تِمس اوس نہٕ
کأشُر تگأنی۔ مگر اوسُن کم زیادٕ ہیٚو چھمُت۔ تَوے اُس "ژٕ" بدلہٕ "سہ" وَنان
"ہتے نا ے بتہٕ گَتھ کھیمہٕ۔ مےٚ چھُ سأرُے پانس دود۔ دبدٕ صأبن
وٕون تس۔

"دودانہٕ تیٚلہِ"۔ دایہِ کورِ توٚر نہٕ فکرِ بہٕ کیٚاہ وَنہٕ۔
ووٕنی کھوٚت دیٚدِ شرارت، ہتے گژھِ دفع یِتھ خوش کیتھ ہے أنتھم۔ مےٚ
چھُنہٕ کِہنی کھُٹین۔

پوٕرٕ دوہس پٕژھہ نہٕ ووٕنی دایہِ کورِ أمس کِہنی۔ ووٕنی اوس دیٚدِ پارٕ آسمانس
کھوٚتمُت تِمس اگر یہِ دایہِ کوٗرِ پیٚیہِ ہاسو کرِہا أمس کھش۔
ژور بجے یہِ تہٕ أمس آونچو دفترٕ پیٹھٕ۔ أمی اوس اورٕے ندرٕ ی مونجہِ لفافہٕ
اوٚنمُت۔ أمس آسہٕ زٕ کورِ، اکھ اُس شتمہِ پران تہٕ اُٹھمہِ۔ یِمن آسہِ
ندرٕ ی مونجہِ سخ ٹاچھِ۔ اوَے اوس یِمن مول مٔنٔزی منٔزی ندرٕ ی مونجہِ انان۔
یہِ آو دفترٕ تہٕ تھوٗن ندٕ ر مونجہِ لفافہٕ حمام چہِ لبہٕ ستی تِکیا زِ سأری اُسی دِگر نماز

پران۔صرف اُس موج بسترس پیٹھ ژھوپہٕ دم کٔرِتھ بیٛتھ۔اُمی وونس وُچھتھے۔

"موجی کہیے ذٔلیل۔ ژٕ کیاز ژھکھ لبہٕ ستۍ بیٛتھ۔نماز کونہٕ چھکھ پران"۔

"ہتہٕ لکیہِ بلایہِ۔مےٚ ووت دوہس دادِ ستۍ ژھرٛ ژھرٛ ٹھ کران، نہ کھیٛوم کیٛنٛہہ تہٕ نہٕ چوم کیٛنٛہہ"۔

"اچھاپہٕ پرٕ گوڈٕ نماز تہٕ پتہٕ چھمو چاے" مےٚ چھُ پیٚشن تہِ پرَنٛے۔یہ دراو وضوکرنہِ،باقی چھِ اُتی نماز پران۔

دبد صأب ؤژھ وارِ وارِ اوٗنِن یہِ لفافہٕ بروٛنٹھ کُن ،وُچھن اتھ منٛز کیاہ چھُ۔

"ندٕرٕ مونجہِ،آمےٚ چھِ سخ بوٗچھِ لٔجمٕژ" پانس ستۍ ووٚنُن تہٕ لاجِن کھینہِ۔

نمازِ والِین اوس پتہٕ رٕکنٛی چرٕ پھ چرٕ پھ تہٕ ٹُرک ٹُرک گژھان۔تِمن آیہِ نمازِ منٛزٕ ے آیہٕ گٔلی۔جلدی جلدی پرٕ کھ نماز تہٕ دایہِ کوٚ رُکھ چایہِ ہُند آڈر۔

یوٚ تام چاے چھِ واتان توٚ تام چھِ دبد پٔنٛن چرٕ پھ چرٕ پھ جأری تھأوِتھ،

"دستر خوان لوٚگ تہٕ سأری آیہِ چاے چینہِ۔دبد اُس شانت گٔمُت۔ندٕرٕ مونجہِ ٹھیلہٕ چھِ کھولان تہٕ یہِ چھُ تقریبن خألی گوٚمُت۔اتھ منٛز چھِ صرف چوٛرِ روٗدمُت۔شُری چھِ سأری اکھاُکس وُچھان......مگر کانٛسہِ ہیٚچ نہٕ اُسہٕ منٛز آواز تہِ کڈِتھ۔

☆☆☆

# نقل

ثُمی لاج امتحان ہالس منز ژھرٕ ژھرٕ ٹھ کرٕنی۔ گرااوس یپأری وُچھان گرااوس ہُپأری وُچھان۔ گرا اوس چندس اتھ تراوان تہٕ رومال کڈان تہٕ ڈبکہٕ پیٹھک عأرق ووتھہٕ راوان یُس ثُمس باسان اوس شرٕانو شرٕانو وسان۔ رومال چندس منز واپس تھاوان تہٕ قلم کڈان تہٕ تمہِ ستی ہوان لکھُن۔ مگر پتہٕ واپس چندس منز تھاوان۔ ثُریا میڈم اُس یہِ سورُے وُچھان تہٕ تس اُس ثُمی ہنز یہِ ژھرٕ ژھرٕ ٹھ فکرِ تران۔ سو گیہِ ثُمس نزدیک تہٕ وَننس۔

"ہاں جی کیا بات ہے"۔

"جی میڈم، جی کچھ نہیں، بس پیاس لگی ہے۔ پانی پلائیے"۔

میڈم گیہِ آب گلاس اننہٕ باپت تہٕ سٹوڈنٹ بیوٹھ کأم کرنہِ۔ پانس ستی بیوٹھ سوچنہِ زِ مے کس وَون میڈم۔ یہِ چھے مشکلن زِ تووہ (۲۲) وُرشی کوٗرتہٕ بہٕ.........

میڈم آیہِ ترٗیش ہتھ تہٕ اُمی چیوٚ ترٗیشہِ گلاسہٕ، زن تہِ اوس ترٗیشہِ پیوٚمُت۔

میڈم گیہِ تہٕ سأرِسے کلاسس چھِ راونڈ کران۔ میڈم کیٛاہ چھِ؟ ژکہِ چھِ یہِ اکھ ایم اے کرِتھ کوٗر، تیمی ووٚنی ایم فل کرنہٕ باپت فارم چُھ بوٚرمُت۔ تام لأج سوٚ پٔنٕز گایڈن پانس ستیٚ امتحان ڈیوٹی۔

ثُریا میڈمہِ أس یہِ گوڈنچ ڈیوٹی تہٕ أمس اوس باسان زِ سوٚ وَژھ سٹوڈنٹ ہنٛزِ گُرسی پٮ۪ٹھ تھوٚدتہٕ وأژ میڈمہِ ہنٛزِ کرسی پٮ۪ٹھ۔ یٮ۪لہِ أمس سأری أس وَنان میڈم میڈم۔

أمس أس ووٚنی سوٚژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ ژٕجمہٕ تہٕ اوس لوٚتہِ پأٹھی پٔٹن پیپر کران۔ راونڈ دِوان دِوان آیہِ میڈم تھٔکِتھ تہٕ سوچُن زِ بہٕ بیٚہمہٕ دوٚن منٹن گُرسی پٮ۪ٹھ۔

امتحان ہالس منٛز یمہٕ گُرسی آسہٕ تِمن اوس بروٚنٛھ کنہِ بینٛچ لٔگتھ۔ یم زمینس ستیٚ أسی ٹھوٚکتھ۔ اکہِ لأنہِ ہنٛزِ کرسی ستیٚ أس بیٚیس لأنہِ ہنٛدی بینٛچ فکس کٔرِتھ تہٕ اتھ أس منٛز باگ جاے خأنلی تہٕ امہِ جایہِ کنٛی أس سٹوڈنٹ ہنٛزن زنگن پٮ۪ٹھ نظر پیوان۔

یہِ چھِ أکِس أکِس سٹوڈنٹس گُن وُچھان تہٕ أمس پیہِ نظر بیٚیہِ أمس گُن۔ امایہِ کیٛتھ سٹوڈنٹ چھُ، ریٚش دراز، ڈبکس پٮ۪ٹھ گینہِ ہٮ۪تھ، مس نصفہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ دژامُت تہٕ باقی ہٕن سفید تہٕ اوٚڈ کرٕہُن۔ اتھن تہِ چھس ژم ژمیموٗ تہٕ نچہِ رگہٕ چھس بوزنہٕ یوان۔

ثریا میڈم چھِ پانس ستۍ سونچان۔

''ۂمس کتھ چھُ یتھ بُجرس منز امتحان دینگ تہٕ ایم اے کرنُک شوق وۄتلیو مُت۔

''مےٚ چھُ باسان یہ ما آسہِ ریٹایر تہٕ گوٚمُت''۔

''یہ اوس ایجوکیشن سبجکٹس منز ایم اے کرنہِ لوٚگمُت۔ امایہِ کیاہ پرٛژھ چھِ؟ ۂمس کیاہ چھُ بُڈِتھ ایم اے کرِتھ کرُن۔''

کرسی ہِنٛدِ کھرپہ کنۍ آو ۂمس بوزنہٕ زِ ۂمی ستٕرِ زنگہِ پٮ۪ٹھ اکھ کاغذ ورقا ہیوٗ۔

''اما کاغذ کتہِ آو ۂمی ستٕرِ زنگہِ پٮ۪ٹھ''۔ یہ گیہِ حاٗران ۂمس تورنہٕ فکرِ۔ یہِ وۄژھ تھوٚد تہٕ گیہِ ۂمس سٹوڈنٹس نِشہِ۔ ۂمس وۄژھ بُڈۍ استھ تھرِ تھرِ۔

''ذرا آپ کھڑے ہو جائیے''

''جی......جی میں......؟''

''جی............''

یام ۂمی ہیوٚت تھوٚد ووٚتھُن، زنگن ہُنٛد کاغذ ورق آو ہور لاینہٕ زن تہٕ ہوٗس منز ۂس گانٹہ بیر پتھر لاینہٕ یوان۔

ثریا میڈمہِ ٹُل یہ کاغذ ورق تھوٚد۔ یہ اوس سیدِ سیوٗد کاپی ہُنٛد اکھ ورق ژٕٹنہٕ آمُت۔ ۂمی ٹُل یہ ورق تہٕ رلاوُن ۂمس بزرگہٕ سِنٛدس آنسر پیپرس ستۍ۔ اتھ پٮ۪ٹھ اوس سۓ سوال یُس کاپی ہِنٛدِس ورقس پٮ۪ٹھ اوس۔ تہٕ ۂمی دوٚپ کہ یہ اوس

نقل کران۔

بُڈن لوگ بیٚیہِ عارق وڈٕتھراوُن تہٕ شرمہٕ ستیٚ گوس بُتھ وہٕزُل۔ مگر نہٕ سُہ کینہہ وناں تہٕ نہ میڈم!

میڈمہِ تہٕ زن آیہِ شرم۔ تمہِ تُل یہ نقل پرچہٕ تہٕ اُمس سُند آنسر پیپر تہٕ گیہِ پنٕنس سپرانٹنڈنٹس نِش۔ تہٕ بُڈٕ آو پتہٕ پتہٕ۔

''ہتا اکھ چُھکھ پیٚیٔ عمرِ منٛز امتحان دِوان بیٚیہِ چُھکھ نقل کران۔ ژٕ ےٚ پچھےٚ نا شرم تہِ یِوان۔ گوڈٕ کتھ چھےٚ بُڈِتھ امتحان یاد پیوٚمُت۔ یتہٕ نہٕ جوانن ازامتحان دِنٛچ ہکتھ۔ تم دپان امتحان بغاٗرٕ ےگژھِ ہاماس پرموش''۔

یِی وَنان وَنان لوٚگ سپرانٹنڈنٹ صاب اُمس کیس بناونہٕ۔ بُڈٕ لوٚگ اُمس ووٚنی زارٕ پارٕ کرنہِ۔

''خدا بخشان، رسول بخشان۔ از بخش مےٚ ژٕ''۔

'اچھا ژٕ وَن مےٚ گوڈٕ کتھ چھےٚ یہ امتحان ضرورت؟ اِدٕ بخشےٚ بہٕ۔

''سر جی ژٕ تہٕ اوھٕ مےٚ از زنگہِ تلیٚ۔ بہٕ ھٕ اَنہٕ پگاہ کوٚرٕ ئنتھ''۔ سر جین ترٕ ووٹھاہ ٹھاہ کران اُسن تہٕ ووٚنن پنٕنس انیوجلیٹرس۔

''ثریا جی پگاہ ھٕ یِی زِ دٕندن کٔھہرن دِتھ۔ پگاہ ھٕ چھےٚ کوٚرٕ کھیوٚن''۔

''سر جی پلیز...... ووٚنی ماھٕ بناومےٚ کیس''

''اچھا...... جو حکم سرکار...... سپرانٹنڈنٹن کوٚر اُمس طنز تہٕ پتہٕ ووٚننس۔

''ژے نے مگر وٹھے نہ زِ امتحان کیا زِ چھکھ ژِ دِوان۔ اگر ژِ مے پوز
پوز وَنکھ بہ تراوتھ ژِیلہ''۔

بُڈن مُژر کھوٗژی کھوٗژی اَس تہ وٗنُن ۔مے ہٕض چھِ وٗنیکس ایم اے
کرنچ سخ ضرورت۔ تِکیازِ مے ہٕض چھُ تمہٕ ستی گریڈس منز ہُر برگژھان''۔

'اچھا...... گو ناژ چھکھ نوکری منز وُنہ ۔وَن مے ژِ کیاہ کاٗم چھکھ
کران۔ ماشٹر چھُکھا کنہٕ بیٚیہ کینہہ''۔

ریٚشہِ واٗلی ژُھن کلہٕ بون کُن ۔مگر جواب دیٚتُن نہٕ کینہہ۔

سرجین پرؤژھ بیٚیہ اکہِ لٹہِ اَمس۔ وَن سا ماشٹر چھُکھا۔اچھا ہےَ اَمس
میڈمہِ معاٗفی تہٕ بہٕ تژ اوتھ۔

''بہٕ کتھ ہمہٕ اَمس معاٗفی...... مے چھِ اَمس ہشہِ پاژش کوٚرِ...... وونی
دِیو معاٗفی تہٕ ترٲوِمے یلہٕ۔

ریٚشہِ وول چھُ اَمس زارِ پارِ کران تہٕ یہ تہِ زن آوھوڑ لاینہٕ۔

یوٚ تام نہٕ ژِ وَنکھ مے پٔتُن Profession تۆ تام تراوتھ نہٕ بہٕ کینہہ۔

''سرجی...... بہٕ ہٕض چھُس...... بہٕ ہٕض چھُس...... بہٕ ہٕض چھُس......
ہیڈ ماشٹر......''۔

☆☆☆

# گاٗنٹہٕ بیر

سونہٕ سُنٛد آفتاب اوس یتھہٕ پاٗٹھی پرزلان زِ تٔمۍ پرتو اٗس پٔرتھ چیزَس پیٹھ پیوان۔ زن تہٕ سون سٕنٛز زٕژ پیوان آسہٕ۔ یہ اوس وَسہٕ وُن آفتاب تہٕ دورِ اوس اکھ شخصاہ پنٕنس مکانہٕ کِس کٕھٹس پیٹھ بہتھ اخبار پران۔ یہ کٔس اخبار اوس تہِ اوس نہٕ بوزنہٕ یِوان۔ مگر اٗچھن منٛز اوٗسس عاٗنک تہٕ مس اوٗسس سفید۔ یہ اوس دورِ تہِ بوزنہٕ یِوان۔ دراصل چھِ جۄمس منٛز مکانہٕ ٹینہٕ پشورۄستٕ آسان صرف سلیب تٕرٛ اٗوِتھ۔ اوَے چھےٚ یمن کوٹھہٕ وَنان۔ اتھ پیٹھ چھُ بہنہٕ یِوان۔

آفتاب یۄٚت بون بون وَسان گوتیۄٚت تیۄٚت گۄ ووزلان تہٕ نارٕ گولہٕ ہیۆ گژھان تہٕ ہتی ہتی گو پننہِ سایزٕ کھوتہٕ زیادٕ بۄڈ گژھان۔ میناٗس اتھ آفتابس بُتھِ بُتھِ وُچھان تہٕ اٗندری اوٗسس وَچھ پھولان۔

''کیاہ بٔنِہ کاٗنسہِ تہِ آسیایہِ وَسہٕ وُن آفتاب تِتھہٕ پاٗٹھی خوش کران یتھہٕ پاٗٹھی مےٚ چھُ کران؟

''کیاہ بٔنِہ کاٗنسہِ تہِ آسنا امچہِ زٕژ سونہٕ سٕنٛزٕ باسان''۔

"کھسہٕ وُنس آفتابس چھُ پرٛتھ کانٛہہ وُچھان، مگر وسہٕ وُن آفتاب......
کأتیاہ لۄکھ چھِ اتھ کأتیاہ مطلب کڈان۔"

مینا أس اکھ اکھ سوال پانس کران مگر أکس سوالس تہٕ اوٚسُس نہٕ جواب
بٔتھ یِوان۔ اکھ نظر أس أمس بزرگس کُن کران یُس چھتس پٮ۪ٹھ اوس اخبار
پرنہِ کھۄتمُت اوس تہٕ اکھ نظر أس افتابس کُن کران۔ أمس اوس باسان زِیم
دۄشوے چھِ پننِس منزلس نزدیک وأتی متی۔ اکھ سونہٕ سُند تہٕ اکھ روپہٕ سُند۔
روپہٕ سُند اوس أمس برزگہٕ سُند مس باسان۔ مینا أس اتھ انتظارس منز زِ یہِ
آفتاب کتھِ گژھِ گلوٚ تہٕ کٹھو پٮ۪تی کنٛ ژھایہِ روزان روزان غأب۔

أکس رِژھِ ڈۄل أمی سُند خیال امہِ کنٛ زِ أمس آیہِ لۄ کٹ شُری جوراہ
بوزنہٕ تہٕ پٮ۪ٹھی اتھ چھتس پٮ۪ٹھ گِندنہِ۔ گرا کھسان کُرسِین پٮ۪ٹھ تہٕ گرا کھسان
امہِ کوٹھہٕ چہِ دنٛد رِ پٮ۪ٹھ۔ مگر بزرگ انسان اوس اخبار پرنس منز یۄت مس
گوٚمُت زِ شُر بن ہُنٛد شور اوس نہٕ بوزانٕے تہٕ نہ اوٚسُس یمن کُن کانٛہہ
خیالے۔ أمِس نٕچ یمن شُر بن ہنٛز فِکر۔ یِنہٕ یم ؤسی پٮ۪ن۔ اتھ کوٹھس ستی اوس
اکھ گُل یمہِ چہِ لنجہِ آسہٕ اتھ کوٹھس تام واتان۔ شُری آسی گندان، آفتاب اوس
وَسان تہٕ أتھی منز گیہِ اذان۔ اللہ اکبر، اللہ اکبر، اَشہدانٔ اللہ لا الہ
الا اللہ" تہٕ بیٚا کھ کریکھ گیہِ بۄنہِ سڑکہِ کنٛ۔ ممی......ممی......ی ی......
ممی"۔

یہِ کربکھ اُس پیٹھ درناک زِسأری ہمسایے وڑایہِ گرومنْز نبر زِ یہ کربکھ کتہِ گیہِ۔ مِینا تہٕ وڑھ دوران دوران زِ کیٔا ہتام گوٚو۔ آفتاب تہِ اوس پٔنِنس ٹھکانس پٮ۪ٹھ و وتمُت ۔ مِینا درایہِ دوران دوران سڑکہِ پٮ۪ٹھ اتہِ وُچھنٕ یم دوشوے لڑکہٕ سڑکہِ پٮ۪ٹھ خوٚنہٕ سٕری تہٕ موج یہنٛز بُتھِ بُتھِ دِوان۔ تہٕ یمن ہُنٛد بُڈی بب سٕہ بزرگ انسان، یُس چھتس پٮ۪ٹھ اخبار پران اوس، دٔندن منٛز اتھ رٔٹِتھ زن تہٕ رٔہتھ گومُت۔

مِینا گیہِ یمن لڑکن بروٚنٹھ تہٕ سٔنیہِ۔ زِ أکس لڑکس اُس اتھس منٛز ''گأنٹہٕ بیر''۔ تہٕ چھتہٕ پٮ۪ٹھ اوس وٕسی پیوٚمُت۔ مگر گأنٹہٕ بیر أٮ۪سس اتھسے منٛز۔



# جیچہِ بوبہٕ

جیچہِ بوبہٕ اُس پانژن باین منز کُنی بێنہِ تہٕ اُمس اُسی ساری بأے خانہٕ ماجرِ سان رچھان۔ یہ اُس شکلہِ معموٗلی مگر اُمس اوس مزاج بادشاہ ہیُو۔ اُمس گۆژھ آسُن سورُے پاک تہٕ صاف۔ پانس برابر اوسُس نہٕ کانٛہہ پاکیزٕ باسان۔ لاگن پلو آسہن یا کھین چین یہِ گۆژھ آسُن صاف تہٕ شفاف۔ مزازٕ مطأبق گۆژھس رٕنتھ آسُن۔ میوٗٹھ تہٕ کُستھ گژھس ضیافتہٕ آسنہِ۔ اِدٕ اوس خانہٕ ماجہِ کھینہٕ یِوان۔

یێلہِ زن جیچہِ بوبس آسہِ ہے چاے چێنۍ۔ دود گۆژھ صاف تہٕ شۆد آسُن۔ پتہٕ اُس تتھ پانے گرٛکھ انان۔ چاے بناونہٕ باپت اُس پٔتلہٕ گوڑٕ پانے دُبارٕ چھلان اِدٕ اُس چاپہِ باپت آب لاگان۔ آبس اُس وارٕ وُچھان کینٛہہ مانٛھس منز۔ چاپہِ ۂتھرن اُس وارٕ وُچھان گگر مینگنۍ مانٛھس منز۔ اِدٕ اُس چاے پاکس لاگان۔ یێلہِ اِدٕ چاے گژھِہا تیار سدا ہہِ لٹہِ اُسس نوٗن وُچھان۔ یۆ تام نہٕ تتھ نوٗن، دود تہٕ آب بالکل صحیح گژھِہا۔ اِدٕ اُسی چاے چوان۔

اگر بۄ ژھ یہِ ہا تُمس اُس لپٹن چاے بناوٕنی ۔ بۄ ژھ اوس نہٕ کُنہِ یوان تہٕ لپٹن چاے اُس گیس کھسان ۔ییلہِ نہٕ گیس اوس وُنہِ بارسس آمُت سُہ اُس سماوارس تیونگل تراوان تہٕ اُس قہوٕ بناوان ۔مگر تتھ قہوس کیاہ اوس مزٕ آسان گومُت سُہ زانہِ سے لیس سُہ قہوٕ چیتھ وُٹھن اوس واتھ گومُت آسان ۔تہٕ دالچینہِ ہُنٛد مزٕ اوسُس گرٕ تام روزان ۔خاٗر پتٕلس منٛزٕ اُس آب لاگان تہٕ لپٹن چایہِ ؤتھر اُسس منٛزٕ تراوان ۔یۄ تام پاکھ دوان دوان اوس تتھ چاے رنگ نیران تہٕ رنگ نیران نیران اُس تتھ مُدریر رژھا رژھا تہِ تراوان تہٕ اِدٕ اُسس دود قطرٕ قطرٕ تراوان ۔تمہِ قہوٕ کی پاٗٹھی اُس تتھ پاکھ دِوان یۄ تام تتھ اوس قہوٕ کی پاٗٹھی جوشنہٕ بنان ۔قہوٕ ؤرِش اوس ہٹہِ ننبگلاونہٕ یوان ،مگر یہ لپٹن چاے اُس نہٕ ہٹہِ بون وَسانٕے ۔تتھ پتھ تہِ اوس اُسن یوان ییلہِ باقی سارِنٕے ہنٛدی پاٗٹھی اُس کھنٛڈ داٗنی تھاوان دستر خوانس پتھ تہٕ بار بار اُس پرژھان کھنٛڈ ماچھے کم تیلہِ کیاز ِچھکھ وارِ وارِ چوان ۔چینہٕ وول کیاہ ونہِ ہاتس ۔کہ ہتو جیجہ بوبو ۔تھ چھا کھنٛڈ کم ۔تھ ہُو چھُ کھنٛڈٕ زہر مگر تس اوس نہٕ کانٛہہ ہبکان ؤنتھ تِکیا زِ امہِ محنتہٕ ستی اُس گژھان یہ چاے تیار تہٕ کُس کیاہ ونہِ ہاتس ۔

اِدٕ ییلہِ جیجہ بوبس سیٚن آسہِ ہے رَنُن تہٕ سیٚن تی ییلہِ ہا کھ آسہِ ہا ۔ ہا کہ بود اُس کھولان تہٕ اکھا کھ ؤتھر اُس اتھس کنبتھ رٹان ۔ گوڈٕ گیو دوشویو طرفو وُچھن کیٛمی کرٕ ہلی ماچھس ۔اِدٕ گیوس اتھہٕ ستی ہا کہٕ ؤتھرس اکہِ طرفہٕ ژورِ پانٛژلتہِ

پھش دیُن ۔ییلہِ اکہِ طرفہٕ باسیو صاف گواڈٕ اُس ہا کہٕ ؤتھرس دوٚیمہِ طرفہٕ پھِران تہٕ پھش پھش دی دی اُس تتھ سبزارنوٚن کڈان۔ صبحچہِ دہہِ بجہِ اگر پانژن روپین ہا کھرٹہِ ہا (یُس ازِ کہِ زمانہٕ پنژہن روپین پیہِ) شامچہِ پانژہِ بجہِ تام اوس اوڈُے ہا کھ ژورمُت آسان یہ بقایا ہا کھ اُس پتھ گُن تھاوان تہٕ امہِ ساعتہٕ اُس سوے ہن رنان یُس ژورمُت آسہن۔ووٗنی اگر بیٚیہٕ کانٛہہ یژھہِ ہا تس مدد کرُن سہٕ اُس نہٕ تس ستی سمجھوتہٕ Compromise ہبکان گرِتھ۔

جیچہٕ بوبس ییٚلہِ گُن گژھُن آسہِ ہا تہٕ نٔوی پلو لاگتھ تیارِ گژھِ ہا،تلہٕ دار پھبرنس ستی گوٚژھ کلس پیٹھ شال آسُن۔ تتھ تلہٕ پھبرنس اُس پھش دی دی لشہِ کڈان تہٕ وَنان اُس ''مے کیُتھ چھُ یہ پھبرن شوٗبان''؟

اگر سہٕ آسہِ ہے کیُتھ تہِ گومُت۔ دپان اُسس ''کیاہ زبر چھے شوٗبان''۔ تِلکیا زِ تم سُند دوٚیم سوال اوس آسان ''کیا زِ زبر چھُم نا گومُت''۔ تہٕ اتھ اُس روزان پھش دِوان۔ اگر یہ ازِ یک کپُر آسہِ ہا تتھ آسہِ ہے پھیٹِو ستی ڈاکھ گومُت۔ مگر تمہِ ساعتہٕ اوس نہٕ پھیوٗت ووتھان کپرس تہٕ کپُر تہِ اوس صاف آسان۔

جیچہٕ بوبس ییٚلہِ گُن گژھُن اوس آسان سوٗ اُس نیچو بن گوڈٕ حکم تھاوان گرِتھ ''وُتھیوٗ مے اُنیوٗ آٹو''۔ اِڈ تس ہندی نیچوٗ ی تہِ اُسی لایق۔ اکھ اوس آٹو اَنان تہٕ بیٚا کھ اوسُس اتھس تھپھ گرِتھ نمبر واتہِ ناوان تہٕ تتھ جایہِ تام ستی گژھان۔

اکہِ دوہ وۄنس مےٚ ہتو جیجہِ بوبو آٹو وأِلس وَن ژٕےٚ کۄت چھُے گژھُن سُہ واتناُوی پانٕے۔ تورٕ چھم وَنان ''ناونا و...... اگر آٹو وول کُن نی یم تہٕ بہٕ کیٛاہ کرٕ''۔ مےٚ وۄنمس اگر آٹو وأِلی ژٕےٚ ہشن بُجبن نِن تیٚلہِ کھیۄ وبتہٕ۔ اسہِ کوربن چھُنہٕ تیٚلہِ گرِنیٚبر نیرُ نُے''۔

سیٚزساد زندگی أُس آسان تہٕ تُمٕ تہِ کٕڈٕ پٕنٕنز زندگی سیٚز رٕ تہٕ پزرٕ۔ نہٕ اوسُس کأنٛسہِ ہُنٛد أنٛزرُن تہٕ نہٕ گٕنٛزرُن۔ نہٕ اوسُس دوہوزیٛوٗ پٕٹھ تہٕ نہٕ لکھ۔ نہٕ أُس کأنٛسہِ ہنٛز غأبت کران تہٕ نہٕ أُس کأنٛسہِ ہُنٛد بدوَنان۔ بس یتھ وقتس فرصت أسس آسان تتھ وقتس أُس قرآن شریف پران تہٕ یاد خدا کران۔ قرآنِ شریف چھہِ کأژاہ سپارٕ آسس زبأنی تہِ یاد، سورن ہنٛز چھنہٕ کتھے۔

دراصل اوس تُمس اصلی ناو راجہٕ بیگم۔ مگر سأری شُری أسی تُمس راجہٕ بوبہٕ وَنان۔ راجہٕ بوبس گو وارٕ وارٕ شُربن ہنٛدِ اڈٕ کجہِ زبأنی ستی جیجہِ بوبہٕ تیار۔ یہ لفظ کۄرُن سارِنٕے تیۄتاہ خوش زِ أُمس وۄن سارِوٕے امہِ پتہٕ جیجہِ بوبہٕ۔ لۄکھ أسی امہِ ہنٛزِ سادٕ زندگی ہنٛز مثال دِوان۔

جیجہِ بوبہٕ أُس انپڑھ مگر قرآن شریف اوسُن تیۄت پۆرمُت زِ بڈی بڈی پٕری لیکھٕمتی تہٕ أُس تُمس نِش منٛد چھان۔ یٚیلہِ سو قرآن شریفکی وارِیاہ سورٕ أُس زبأنی پران۔

مگر ییٚلہِ جیچہٕ بوٗبن نیچوٗ بن خانٛدر کوٗر تٔمس رأ وپنٕنز زندگی تہٕ زندگی ہنٛدی عادت۔ نوشو وۅنہس زِ أمس چھُ ئسی ئسی۔ یہ چھِ دوٗہس کران أکی کأم۔ تِکیازِ تمن ما أس تیٚژ فرصت زِ تم رَنن دوٗہس ہا کھ۔ تمہٕ آسہٕ نوکری واجنہِ تہٕ یپٚہٕ آسہٕ کامبن منٛز تیز۔ تمو بہنأو جیچہ بوٗبہٕ لبہِ تاپس۔ تہٕ گٔرکھ کأم پانٔے ڈٔلی ڈٔلی۔

جیچہٕ بوٗبس أس نہٕ وُنی کانٛہہ کأمے دوٗہس آسان۔ تہٕ سو گیہِ بیمار تہٕ بێکار۔ وارِ وارِ ژاوتس بیہہ تہٕ گیہِ بہتھ۔ ییٚمہِ سنٛزِ زندگی ہنٛزِ مثالہٕ أسی لۆکھ دِوان۔ تٔمس گٔرِ کھ کم کم ناو تہٕ کم کم ریٚژھ۔ نیچوٗ ی تہٕ أسس دورِ دورِ روزان وُچھان تِکیازِ تمن تہِ اوس ووٗنی باسان زِ تہنٛزِ زنانہٕ چھِ صحیح وَنان۔ سو تہ اتھ أس لاگان نوشہِ آسس وَنان تھاو ووٗنی ژٕ تیٚژ فرصت کتہِ چھِ۔ جیچہٕ بوٗبس اوس دِلس لگان سو أس نہ ووٗنی نیٚچوٗ بن کہین تہِ وَنان۔ یوٗ تام یی کران کران جیچہٕ بوٗبس زۆ دژاو۔ تہٕ سو گیہِ پٔنن سیٚز رتہٕ پزر ہتھ توٗری یورِ نہٕ واپس کانٛہہ چھُ یوان۔



# بوٗٹ

علی محمد اوس وَتہٕ پکان تہٕ اوس سوٗنچان زِ از بٔنٛزتن کینٛہہ تہٕ از چھُ مےٚ بوٗٹ اَنٛن ۔ سُہ اوس دِلس منٛز عجیب خوٗشی ہیتھ پکان تہٕ پتلون چندس منٛز روپیہِ ساس ہیتھ لال چوکس کُن قدماقدما دِوان ۔ منٛزی اوس أندریٚ أندریٚ فلمی باٴتھ گیوان تہٕ منٛزٕ اوس پانس ستی کتھہٕ کران تہٕ چندس کُن اتھہٕ نوان تہٕ وُچھان زِ پٲرس چھا پیتی کنہٕ نیٚوٗکھ ۔ پٲرس پننہِ جایہِ وُچھتھ اوس خوٗشی سان وارٕ وارٕ پکان ۔

علی محمد اوس لوکٕٹ ملازم ۔ أمی ہنٛدِس دفترس منٛز أسی واریاہ لوٗکھ کٲم کران تہٕ واریہن نفرن أسی کالہٕ ہگاہ نٔوی نٔوی سوٗٹ تہٕ بوٗٹ آسان ۔ مگر أمس بچارٕس اوس نہٕ تنخواہ منٛز تیوٗت بچان زِ یہِ انہٕ ہا پانس بوٗٹ ۔

تنہٕ أسی واریاہ دوہ گامتی ینہٕ أمس بوٗٹن أس اوس کھوٗلمت تہٕ اوسُن تتھ أسہٕ تھوٗپ دِتمت ۔ تنہٕ ووٚتُس سوٗنچان کہِ یہِ انہٕ ہا بوٗٹ ۔

علی محمدس أسی پانٛژھ شُریٚ ۔ ترےٚ کورِ تہٕ زٕ نیچوٚی ۔ تنخواہ ستی اوس مشکلی سان گرٕ خرچ برابر گژھان ، أکس اوس سکول فیس آسان بہٕرن تہٕ بیٚکس أس

آسان وردی اَنٛژ، اُکس آسہٕ آسان کتابہِ اننہٕ تہٕ بیکس اوس آسان بوٗٹ اَنُن ۔ پننِس بوٗٹس باپتھ اُسُس نہٕ زانٛہہ پونٛسہِ بچان ۔ پرٛتھ ساعتہٕ اوس وَنان نۆس رتبس منٛز اَنو گوڑٕ پانس بوٗٹ ۔ اِڈ گیہِ باقی خرچہٕ، مگرو نہِ اوس تنخواہ واتنے آسان شُربن ہنٛز فرمایشہٕ آسہٕ واتھ ہرٛ آسان ۔ یپٲرۍ اُسس گرٕ واتنۍ پتہٕ لگان زِ ۔

"اُزکس تنخواہس پیٹھ اُنۍ زِ مےٚ اصل پہٕن سوٗٹ تِکیا زِ واریہن خاندرن پیٹھ چھُ سالس گژھُن ۔ مےٚ چھُنہٕ اصل سوٗٹ کانٛہہ" ۔

یمہٕ سارے فرمایشہٕ آسہِ اُمۍ ازپورٕ کرمٕژ تہٕ ازاوس اُمۍ پننہِ باپت ساس روپیہ بچوومُت تہٕ اوس امہِ ساسہٕ روپیہ گرمی محسوٗس کران ۔ خوٗشی سان اوس سونٛچان یہٕ گژھہ پگاہ دفتر نۆو بوٗٹ لٲگتھ ۔ واتان واتان ووت لال چوک اُکس بوٗٹہٕ دوکانس پیٹھ ۔ بڈٕ چالہِ سان کوٚرن اکھ بوٗٹ پسند ۔ دلس منٛز سونٛچُن زِ شاید نیرِ اتھ واریاہ کال ۔ مےٚ چھُ باسان یہ چھُ بڈٕ مضبوٗط ۔

منٛزۍ کڈ نووٗن دوکاندار بدل بوٗٹ تہٕ وونٛنس امہِ کھوتہٕ اصل چھاپیٚہ کانٛہہ ۔

"ہتہٕ حض ژٕ ونتہٕ کیاہ گژھی ۔ یہٕ ہاوِ ے تی" ۔ دوکاندارن وونٛنس ۔ امہِ پتہٕ ہووُنس بدل بوٗٹ ۔ اُمۍ کوٚر ریوٗٹ پسند تہٕ پرٛژھنس قیمتھ ۔ دوکاندارن وونٛنس ۔

"یہِ چھُ ژٕووُہ شتھ (۲۴۰۰) تہٕ یہ چھُ ارداہ شتھ (۱۸۰۰) تہٕ یہ پنداہ شتھ (1500) روپیہِ۔ سارِوے کھوتہٕ اصل تہٕ مضبوط یُس باسان اوس سُہ اوس ژٕووہ شتھ۔ علی محمد گۆو غوطن تہٕ سونچان اوس زِ ژٕووُہن شتن اَنو بۆٹ تہٕ یِڈ کیاہ کھمو۔ بڈٕ مشکل سان اوس أمی یہِ روپیہِ ساس جمع کۆرمُت۔ أمس پھٹِ تر۔ ووٕنی کیاہ کروتہٕ کتھ کرو۔

علی محمد وۆتھ دوکاندارس ہے بابا ووٕنی وَن ژٕووُہن شتن ہٕنٛدِس کیاہ چھُ دیُن۔

"چانہِ باپت گۆو ووٕنی زٕتووُہ شتھ۔ تمہِ بون نہٕ کینٛہہ" دوکاندارن وۆننس۔

"اچھا، یتھ پنداہن شتن ہٕنٛدِس بۆٹس کیا چھُ دیُن۔ ٹٹھ مبٹھ کرِتھ چھُ یہِ دوکاندارس ستی کتھ کران تہٕ أندری چھُس پھرٕٹھ زِ دوکاندر گۆو ژھُم نہٕ روعب کرُن تہٕ وَنُن زِ ژٕے کتھ أنتھ مےٚ خوشکبتھ۔ پنٛدہن شتن ہٕنٛدِس بۆٹس ووت دوکاندار بہن شتن تام تہٕ علی محمد وۆتھُس۔ میانہِ بابہِ اگر ژٕ مےٚ یہ بۆٹ روپہِ ساسس دِکھ بہٕ گُنٛزراوَے ییٚتی، اگر نہٕ تیلہِ دراس بہ۔ دوکاندارس تہٕ آو عارتہٕ دۆپنس۔

"ولہ دِکاہ شتھ تہٕ نہِ"۔

"نہ نہ مےٚ چھُ صرف ساس روپیہِ چندس تہٕ سُے ساس روپیہِ دِمے"۔

عاجزی ہٕنٛدِس موڈس مٔژ ییٚلہِ دوکاندارن وُچھ علی محمد تہٕ تُمی دیُت تمِس بۆٹ

تہٕ ستی وۄنس۔

"واللہ گوٚ ونقصان۔ وولہٕ وونی چھُنہٕ کینٛہہ"۔

"نسابایا اگر ژٕے نقصان گوٚ وُے تیلہِ مہٕ دِ۔ بہٕ انہٕ بیٚیہِ روپیہِ ہتھ تہٕ پتہٕ نمہٕ۔ علی محمد آوغاُرتس لاینہٕ۔

"نہ حض نہ کینٛہہ چھُنہٕ"۔ دوکاندارن روچھأمی سُنٛد دِل تہٕ دِیتُنس بوٗٹ۔ علی محمدن دیُت أمس روپیہِ ساس تہٕ دژاو بوٗٹ ہیتھ۔ تِمس آیہِ نہٕ پژھ أمس آوابوٗٹ انہٕ۔

گرِ وأتِتھ ہووُن گرِ واجنہِ بوٗٹ سُہ گیہِ واریاہ خوش۔ دوٚیمہِ دوہ اوس جمعہ تہٕ علی محمد دژاو نوٚو بوٗٹ لأگِتھ دفتر۔ پانس ستی سوچُن زِ از چھُ جمعہ رُت تہٕ عظیم دوہ از گوٚ نوٚو بوٗٹ لاگُن جان۔

نمازِ ہُنٛد وقت ووت تہٕ علی محمد تہٕ دژاو دوٚیمن ملأزمن ستی مسجدِ منٛز نماز پرنہٕ باپت۔ یہ مسجد أس أمسنٛدِس دفترس نزدیک۔ توٚے أسی سأرٕے أتھی مسجدِ منٛز گژھان۔ یِم أسی پرِتھ جمعہ أتی نماز پران۔

یام جمعہ پرِتھ دژاے، علی محمد چھُ پٔنُن بوٗٹ ژھانڈان۔ سارِوے لوگ پٔنُن پٔنُن بوٗٹ مگر علی محمدس چھُکھ بوٗٹ ژوٗرِ نیوٗمُت، علی محمدس ژٕج کھورتلہٕ میژٕ نیرِتھ۔ أچھن گوس انہِ گوٚٹ۔ أمس پیوٚ سورُے واقعہ یادیُس تگہٕ دوتہٕ جنگ أمی بوٗٹ انہٕ باپت کوٚرمُت اوس تہٕ بیٚیہِ پیوٚس یاد زِ کتھِ اوس أمی

بۄٹہٕ باپت روپیہِ ساس بچومُت تہٕ یڈٕ قفل کۄرمُت۔

اتہِ گیہِ لۄکھ نیران تہٕ اتہِ بچایہِ پرأنی نبلان چِنز۔ دۄپہس لاگ حض تام یِہے، یۄتام بۄٹ ییہِ اتھِ۔

علی محمد دزاویہِ پرأنی چِنز لأگتھ واپس دفتر گُن۔ پھُٹ متیو کوٹھیو چھُ وارِ وارِ پکان تہٕ دفترس نیبرٕ کنہِ وُچھن پئُن نچّو اتھس منز بۄٹ ہیتھ تمِس پزاران۔



# کھیٚنہٕ منٛزٕ ووگُس

اکہِ دوہہِ گیہِ کأم بہٕ أسس پٔنِس گرس منٛزٕ بہتھ، اکھ شخصاہ آو تہٕ تٔمۍ فرمووفلأنۍ ڈاکٹرٕ یُس زن امریکہ پٮ۪ٹھٕ آمُت اوس تٔمس چھُ کأنٛی کیتھ واپس نیرُن۔ میأنِس دِلس منٛزٕ آو خیال زِ بہٕ کیا زِ ہاوِنہٕ تس پان۔

مےٚ اوس اکثر کمبرس دود روزان تہٕ زیادٕ اوسُم نہٕ پکُن بنان۔ پکان پکان اوسُم ہِلس دود کران تہٕ پتہٕ اوسُم نہٕ آرام کرنہٕ بغأر ٹھیک گژھان۔ کتھ أس ووٗنۍ یوروأ ژٔہ بہٕ أسس پکان پکان بہتھ گژھان مگر ڈاکٹرس أسس نہٕ گژھان۔ سونچان أسس ڈاکٹرس گژھُن گوزالس منٛز پان لأگُن۔ مگر یُتھے أمس ڈاکٹر سُند ناو بوزُم بیہِ بوزُم تٔمس چھُ نیرُن مےٚ گٔر جلدی تٔمس نِش گوٚژھنس۔

دوٚیمہِ دوہہِ صبحس أسس بہٕ ڈاکٹر وانس پٮ۪ٹھ روپیں ڈوڈ ہتھ فیس برِتھ پیشٹن ستۍ پنہِ وارِپزارن، ہوان دِوان آے مےٚ وأری تہٕ ڈاکٹر صأبن وٚون "ووٗنۍ چھُ مےٚ نیرُن ووٗنۍ کتھ پیوٚے ژٕے یاد۔ اتھ دأ دِس مالگن

ترٚ ے دوہہ بلنس“۔

مےٚ تہٕ وٚنس۔”مےٚ دوٚپ بہٕ ہاوِ توہہِ۔تہۆ کیاہ وٕنیوٗ“۔

ڈاکٹر صاٮ۪بن دِژ نظراوزراتہٕ فرموٗ کھ ”توہہِ ھض پیٚیہِ کرُن، ایم، آر، آئی (MRI)، اِدِ ننہِ توہہِ کیاہ چھُ۔ایم، آر، آئی، کرنس اُسی لگان ژووُہ شیتھ (2400) روپیہِ۔مےٚ کُر ایم، آر، آئی کرنس منز تیزِ جلدی تہٕ دوٚیمہِ دوہہِ ہووُم ڈاکٹر صاٮ۪بس۔مگر ڈاکٹر صاٮ۪بُن یتھے ایم، آر، آئی وُچھ تُمۍ ووٚن اُڈجبن چھیٚہِ سخ خرابی گاٮ۪مژ۔ژٕ ے پیٚی پند ہن دوہن آرامس بہٕن پیٚیہِ یم دوا کھینٕز۔ دواہوعلاوِ پیٚیہِ فیزیوتھراپی تہِ (Physio Therapy) تراوِنی۔

یہ فیزیوتھراپی ہُنٛد ہسپتال اوس میانہِ گرِ پیٹھ ستھ کلومیٹر دوٗر۔مےٚ اوس گاڑِ منزٕ یُن گژھُن تہٕ مختصر پاٹھی ونوزِ روپین ہتن تارن اوٗنم دواتہٕ کوٚرُم گرس منز آرامس بہنک سٕژ۔تہٕ پیٚیہِ کوٚرُم گاڑِ ہُنٛد انتظام۔گرس منزٕ گیہِ سارِنے پریشانی۔میوٗن ہُن ما اوس سہل۔گرچہِ کامہِ پیٚیہِ سارِیے پتھر۔ییٚلہِ گرِچ ماٮ۪لکنٕز ہیٹھ۔گرِ بیٚو وپتھر۔بہٕ چھس آرامہٕ کھوتہٕ زیادِ وَدان تہٕ رِوان۔دیان چھس۔

”پانہٕ یتھ تیٖتھ اوسکھ یتھ پانس لتھوان۔مگر گرچہِ کامہِ آسہٕ پکان۔ ووٚنی کیاہ ہنہِ“۔مگر سارِوَ ے ووٚن زِ گوڈٕ گوٚ وصحت تہٕ اِدِ گوٚ وگرِ۔

سانہِ کشیرِ منزٕ گیہِ مشورٕ زیادِ تہٕ تم تہِ گیہِ مُفتے۔منزٕ گیہِ دوہہ تارٕ، آوِیا کھ

ڈاکٹر صاًب، تُمۍ دۄپ میون مشورٕ چھُ زِ تُہۍ گژھیو بیٚیہِ کانٛسہِ ڈاکٹرس تِکیازِ یہ
ڈاکٹر ما چھُ اَڈی جبن ہُنٛد ڈاکٹر۔ تژٕ ہن ژۄرن دۄہن تژٕ اوتھراپی۔ تُمس
دیُت دۄہہٕ پاٗٹھی ہتہٕ روپیہِ حسابہٕ تہٕ تژٕ ووسہٕ تٕتی تہٕ گیہِ اَڈِجہِ ڈاکٹرس۔
اَمۍ ڈاکٹر صاٗبن رٕیو یکدم سوٗرے دوا بنٛد کرِتھ تہٕ دِیُتِن بدل دواتہٕ سِتی وَنُن
زٕ ہفتہٕ پتہٕ کرِ زیو بیٚیہِ تھراپی چالو۔ مےٚ لوگ اَمس ڈاکٹرسُند دوا کھٔینٕ۔ اتھ سِتی
سِتی ہیٚژن باقین تانن تہٕ دَگ کرٕنی۔ گرائِلس، گرانزِ بن گرا پھکبس تہٕ گراباقی
تانن۔
بہٕ چھس دَپان "پانوامہِ کھوتہٕ اَسس بہٕ ڈاکٹرس رۄستے جان"۔
خاٗرمےٚ اوٗن بیٚیہِ روپیہِ ہتن تارن دواتہٕ کرِ تھرپی بیٚیہِ شروع۔ یۄٗت
یۄٗت بہٕ گیس زیادٕ آرام کران تیۄٗت تیۄٗت آیہِ زن داٗدٕ ووتلتھ۔ اکہِ ہفتہٕ
پتہٕ ییلہِ ڈاکٹر صاٗبس نِش گیہِ تہٕ فرماٗوتمو۔
"بہٕ چھُس وَنان زِ تُہۍ ہاٗوِ فلاٗنی ڈاکٹرس سٕہ دِیہِ نظر توہہِ ماچھِ کڈنی
کٔز"۔ بہٕ چھس اَندری وَنان۔ واے خداے آیے کاندرس گیہِ داندرس۔
گیس ووٗنی دۄیمس ڈاکٹرس تہٕ۔ تُمۍ ڈاکٹر صاٗبن دِژ نظراہ، دِتٕی بیٚیہِ دواتارٕ
تہٕ دۄپُن مےٚ چھُ باسان زِ ژےٚ چھےٚ ساٗری میادِچ شکایت۔
"مگر ڈاکٹر صاٗب مےٚ ناھض چھُ نہٕ میادس کہنی۔ تہٕ نہٕ چھم میادِچ کانٛہہ
شکایت۔

''ڈاکٹر صأبن دِیُت ہفتس کیتھ دواتہٕ دیُتن مشورٕ سونوگرافی کرنک۔
تہٕ تورٕے وُنن ژٕے کمس نِش چھے سونوگرافی کرٕنی بیٚیہِ وٕنٕی واریاہ ٹیسٹ
کرٕنی۔

ٹیسٹ کٔری، سونوگرافی وألس ستی تھوٚوتأریخ مقرر کٔرتھ تہٕ گیس روپیہ
ساس دِتھ ترٕیشہِ پیٹھ گٔیس ترٕ لیش چھوان یوٚ تام یڈٕ آیہِ پھٹنس تہٕ مےٚ آیہِ
وأری۔

ڈاکٹر صأبن وٚون سونوگرافی کران کران ''توہہِ کیٛاہ ہض پرابلم چھِہ۔
مےٚ وُنس مےٚ ہض اوس اصلی کمبرس دود۔ واتان واتان وأژس سونوگرافی
کرنس پیٹھ۔ اَتہِ چھُم یہ ڈاکٹر وَنان ''ژٕے چھی نابیٚیہِ کانٛہہ پرابلم''۔ ''نہ ہض''
مےٚ وُنُس۔

ڈاکٹر چھِ وَنان ژٕے ہض چھی کِڈنی منزٕ گٔنزٕ لوکٕٹ ۵/ایم ایم۔ آبا وابا
گوٚژھِ واریاہ چیٚون یہِ نیرِ پانے۔ بیٚیہِ ہض چھُ توہہِ فیٹی لِور (Fatty
Liver) بیہِ چھِ بچہٕ دأنی سایزٕ کھوتہٕ بڈٕ۔ چون گوٚژھِ برسک واک (Brisk
Walk) کرُن۔ بیہِ وٕژھس ڈاکٹر صأبس ''بہٕ چھس وونی کٔمبس آرامس
(Bed rest) مےٚ کوٚر ڈاکٹر صأبن پکُن تہِ بند۔

مگر ژٕے چھے واک کرُن ضروری۔ بیٚیہِ کربتہٕ اکھ وق بند۔ بیٚیہِ گوٚژھِ
کأنسہِ لیڈی ڈاکٹرِ ستی مشورٕ کرُن۔

بہٕ وأژس گرٕ تہٕ مےٚ کوٚر سوچا تہٕ کلس پیٹھ تھوٚوُم اتھ۔ دوٚیمہِ دۄہہٕ ہأوِم
تِمس سُپیشلِسٹس یِم سأری ٹیسٹ۔ تِمۍ پوٚر ریٚپٹن نسخہٕ تہٕ ووٚنُن ''میادس کیاہ آسی
خبر''؟ مےٚ دوٚپُس۔ ڈاکٹر صأب مےٚ ناھض اوس نہٕ میادس دود۔ مےٚ ھض
چھُ کمبرس تہٕ ہِلس۔ بیٚیہِ ھض چھُ پھکس تہٕ نرِ۔ أمۍ ڈاکٹرن دِتۍ بیٚیہِ دواژ وبرٕ
تہٕ ووٚنُن تُہی ہأوِو یولیڈی ڈاکٹرِ بچہٕ دانہِ موکھہٕ۔ باقی سأری ٹیسٹ چھِ ٹھیک۔

بہٕ دراٛیس اتہِ تہٕ سوچم پانس ہتۍ زِ بہٕ گژھہ نہٕ ووٚنۍ کانٛسہِ ڈاکٹرس، تِکیازِ
سُہ وَنِہم بیٚیہِ ٹیسٹ کرٕنۍ۔

واتان واتان ییٚلہِ گرٕ وأژس تتہِ اوس بیٚا کھ ڈاکٹر صأب بہتھ، تِمۍ وُچھ
ٹیسٹ تہٕ فرمووکھ ''چون گژھِ توتہِ لیور فنکشنِگ (Liver Functioning)
اکھ ٹیسٹ کرُن''۔

''میانہِ خداے مےٚ بخش ووٚنۍ۔ بہٕ ہیمہٕ نہٕ ڈاکٹر سُنٛد ناوزانٛہہ۔ نہ ہیمہٕ
آرامُک ناو تہٕ نہ دادٕبن ہُنٛد ناو۔ ژٕ چھُکھ بوٚڈ ڈاکٹر۔ ژٕ کر پانے میانٛین
سارِنے دادٕبن دوا۔



# خانۂ ماجر

’’نابابایہٕ منگہٕ نہٕ ممی کانٛہہ چیز‘‘، روزی وۆن بأیس بڑٕ معصومیتہٕ سان۔

’’کیازِ‘‘۔ سُہ گۆو حأران زِبینہٕ کیٛاہ چھہٕ وَنان۔

’’ناسو ہا گژھہِ ناراض‘‘ امہِ وۆننس۔

’’کیازِ گژھہِ ناراض۔ بہٕ تہِ چھُس تس منگان یہِ مےٚ ضرۆرت آسہِ۔ بُلکہِ اگر بہٕ چھُس اکھ منگان سو چھہِ مےٚ ترٛےٚ انان۔ ژٕ تہِ منگتس ژےٚ تہِ انی اکہِ بدلہٕ ترٛےٚ‘‘۔

’’اچھا؟ کتھ ژٹنہٕ باپت وۆننس تہٕ ژٕٹن کتھ۔

مگر أندری أندری چھہِ سونچان کہ بأیس چھہِ پٕننہٕ پتاہ، یہِ چھُنا نچۆ تہٕ بہٕ چھس کۆر۔ یہِ منگہِ ممی قلم تہٕ ترٛے قلم واتَن ، یہ منگہِ سۆٹ اکہِ بدلہٕ واتَن شامس ترٛے۔ مگر مےٚ چھُنہٕ منگنک طاقتٕ کہنہٕ۔ اگر بہٕ منگہٕ مےٚ چھہِ ممی وَنان اِدِ کیٛاوُ چھوبہٕ اَنے ژےٚ پانٕے۔ پتہٕ چھُم آسان دوہے شامس وَنُن تہٕ منگُن۔ مگر مےٚ چھُنہٕ مشراونہٕ روس کہنہٕ چارٕ آسان۔

روزی أس شاہد لالس کۆر۔ یوسہٕ پانٕے منگنہٕ رۆستے أس خداصأبن

دِژہ ہو۔ یعنی یہ اُس Un Wanted child۔ اُمس اُس خبر ییمہِ لٹہِ تہِ ا
َسہِ اُمس نِچو۔ گوڈنیک نِچو تہِ اوس اُمس منگی منگی زامُت۔ اُمی سُند سورے دُنیا
اوس یوٗہے نِچو۔ یہِ اُس اُمس نِچوس پتہِ پتہِ پکان۔ کوکرتہِ ماز اَنان تہِ
اُمس نِچوِس کھیاوان تہِ چاوان۔ مگر اُمس کورِ اُس نہِ پژھانے۔ ییلہِ ییلہِ
نِچوا وُسس کھوان تہِ چوان پتہِ اُسس یہِ کوٗر یاد پیوان۔ گوڑ گوڑ
اُسس روزی وَنان۔
''می بیٚس ییلہِ دِیتھ، مے کیازِنہِ''۔ می اُسس یکدم بُتھ کھوان تہِ
وَنان اُسس۔
''یہِ چھُ نِچو تہِ ژ چھکھ کوٗر۔ ژے تہِ اُمس کیاہ مقابلہِ چھُ۔ خبردار چھِے
اگر بأے سُند ناو دُبارہ ہیوٚتھ زبوٗ ژٹے''۔
یتھے پأٹھی گوٚو وارِیاہ لٹہِ۔ روزی اوس باسان یہِ چھس یتھ گرس منز
علاوہ اکھ نفر۔ ییمہِ گرِچ شوٗب چھُ بیا۔ ییمہِ گرِچ زوٗن تہِ آفتاب چھُ بیا۔ یہِ
چھس ییمہِ زوٗنہِ ہُند گرہن۔ یہِ چھس ییمہِ آفتابُک سایہِ۔ میأنی جاے
چھےٚ یتھ گرس منز سو یوسہِ اُکس ہوٗنس آسان چھےٚ۔
امہِ اوس ووٗنی چوٗتھ ووٗتمُت۔ اُمس یہِ وَنان اُسی یہِ اُس تی مانان۔ یہِ
دِہنس تی اُس کھوان۔ بیا اوس کھنبس چنبس نخرِ کران تہِ گنڈی ژاران۔ بتس
گوٗتھِ ماز اَسُن تہِ چایہِ سِتی گرٛٹھی قسمہِ قسمہِ چیز آسنہِ۔ مگر روزی بچأر اُس

لۄتہِ پأٹھی چاے چوان تہٕ بتہٕ کھوان۔ چاہے چایہِ ستی ژوچہِ وۄرآسہِ ہایا بتس ستی دال آسہا۔ ژکہِ اوس تٔمس امیُک احساس گۄمُت زِ بہٕ چھس ئلی۔ یتھ گرس منٛز۔

بأئیس تہِ اوس امہِ کتھہِ ہُنٛد احساس گۄمُت۔ تٔمس اوس باسان زِ می چھِ صرف میےٚ یوت پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ روزی چھَن شہے ڈٲلِتھ گنٛترأہن ستی ترأومٕژ۔ سُہ اوس امہِ باپت أمس زورٕ ٹلان تاکہِ أمس کڈٕ امہِ احساس کمتری منٛز نیبر۔

روزی اوس کتھ تام سونہٕ دُکانس پیٹھ سونہٕ سُنٛد ٹاپس وُچھمُت یُس تٔمس سیٹھاہ پسند اوس آمُت۔ مگر أمس اوس نہٕ تیوٚت جُرت زِ ماجہِ ہیکہِ ہایہِ ٹاپس اننہٕ باپت وٕنِتھ۔ مگر بوے اوسس مجبور کران زِ می وَن ژٕ اننہٕ باپت۔

آخر کار کۄرُن جُرت تہٕ وۄنُن ماجہِ۔

''می اگر نہٕ ژے شرارت کھسی یہٕ وَنے ژے اکھ کتھ۔ اگر ژٕ مانکھ اگر ژٕ مانکھ......اگر ژٕ......

أمس گیہِ ونان ونان گلہِ زِیو۔ مگر اصل کتھ ہیچٕن نہٕ وٕنِتھ۔ أمی ساتہٕ ژاو بوے تہٕ وۄنُنس ''روزی ژٕ کیازِ چھکھ کھوژان وَنُس ژے اوسُتھ ازاکھ ٹاپس وُچھمُت۔ دَپُس مے گژھِہ سُے۔ اگر نہٕ مانہِ۔ رئژہ لاگُس۔ یتھ گنز بہٕ چھُس لاگان۔ یتھ گرس منٛز یتھ کنٛز بہٕ چھُس خانہٕ مول تتھے کنٛز چھکھ ژٕ تہِ خانہٕ

موج.................." ۔

موج چھےٚ وُچھان ، دوٚشونی شُربن کُن وارِ وارِ ۔ کوٗرنس وعدٕ ۔ مگر وعدٕ
رٕدوعدٕ چہِ جایہِ ، ٹاپس وۄت نہٕ زانٛہہ ۔ امہِ پتہٕ کوٗر روزی پانس ستی وعدٕ زِ سو
وَنہِ نہٕ ماجہِ زانٛہہ کانٛہہ کتھ ۔ تِکیازِ سو چھَنہٕ روزی ہُنٛد زانٛہہ تہِ مانان۔

روزی لوگ وارٕ وارٕ کم کھیٚنٛن تہٕ أندری أندری ہیوٚتُن لتس ستٕ زندگی زٕزُر
أژُن ۔ تُمس نہ اوس دود تہٕ نہ دَگ ۔ مگر أچھن منٛز اوسُس ا ۄش آسان ۔
تُمس گوٚو وارٕ وارٕ وزن کم تہٕ پھیوٚرُس زردِیار ۔ ماجہِ لٔج ووٚنۍ فکر ہش زِ
أمس کیاہ گوٚو ۔ مگر یہِ چھنہٕ اصلیت وَنان کانٛسہِ ۔ زِ أمس کیاہ چھُ أندری
پھسبٕنان ۔

ماجہِ نِیہِ ڈاکٹرس نِش ، علاجہٕ معالجہٕ تہِ کوٗرنس مگر أمس چھَنہٕ کانٛہہ فرق
گژھان ۔ یوٚتام بسترس لاریہِ ۔ بسترس منٛز وۄنُن اکہِ دوہہ ماجہِ "ممایئلہِ بہٕ
مرے میانٛی ساری چیز دِزِبأیس ۔ یٚیہِ أسی زِبأے ہے یوت سورُے أنان" ۔
یِی وَنان وَنان گیہِ بے ہوش تہٕ یوٚتام زٕ نیرتھ ژٕولُس ، ماجہِ توٚر فکرِ مگر ہنا
اوس ژیر گومُت ۔



# وُٹھ سال

لالس اوس وُنہِ راتھے ہوٕفرٕ سال۔ اکھ ہتھ تہٕ پٔنژاہ نفر ہٮ۪تھ دژ او لالہٕ پانژِ تأجی ہن کارن ہٕنز برات ہٮ۪تھ۔ پانہٕ Shewerhlate کارِ منز ہٮ۪تھ ٹٕنٹنز کران۔ لائنز گأڑی أس پوشہِ گوٚندوٕ تہٕ پوشہِ مالو علاوٕ زٕ ژٕ دار جائلی لأگتھ گاہ تراوان تہٕ سالربن پراران۔ سو أس پوشہِ مالو ہٕستی سجاوِنہٕ آمٕژ۔

لالہٕ اوس کریم کلرکس اَچکنس پریس کرناوان۔ اچکن اوس دَبکا کامہِ ہٕتی (Dabka Work) چمکان۔ لالن لوگ اچکن تہٕ پٔٹھ تھووہس میرٕون دستارکلس پٮ۪ٹھ۔ کیٛاہ زبر اوس لالہٕ شوٗبان تہٕ سجان۔ لالُن پٔژنبر اوس امہِ رنگہٕ ہٕتی وارٕ ے پھُلہٕ وُن گومُت۔ تہٕ زنانہٕ آسہِ اتہِ وَنہٕ ناوان۔

گوڑٕ دِیوٕ لالس اوم دود چیوٚن یے
اِدٕ نیرِ لالہِ ہُنْد مالیُٚن یے
حوٗرن ڈٕلِ تو پٮ۪ٹھٕ نور چھکنس
پیٛرن ڈٕلِ تو ہٕتی پکہِ نس

لالہٕ دژ او لوٚتی لوٚتی پٕرٕ ژراوان، أٚلہٕ ژاپان تہٕ اَسونہِ دِہانہٕ سارِنے ہٕتی اشارو تہٕ اَتھو ہٕتی خداحأفظ کران۔ گأڑی گیہِ سٹارٹ تہٕ زنانو وٚون بیٛا کھ ہُر۔

## حوالے کوٚرکھ پیرٕ پرانس
## سُے رٕچھم چانٛس شُری پانس

وارٕ کارٕ دژاومہرازٕ لالہٕ ساڈٕ داہٕ ہوفرگُن خدائس حوالہٕ ۔گرس منٛز روزٕ زنانہٕ ہتھاہ یمن وُنہِ بتہٕ اوس کھینے ۔فٹافٹ کوٚرگرِ بیہنہٕ والبوٕ پانٛژ وٲ ٹھومردوزنانن بتہٕ دِنٛک انتظام تہٕ باقی لجہِ مہرازٕ سُنٛد کُٹھ سجاونہِ ۔کُٹھس ٲس رنگہٕ رنگہٕ سجاوٹ کرٕنی ۔پوشو، مالو، وارٕ مالوٕ ستی تھوٗو کھ یہِ کُٹھ رنگہٕ ژٕبگن ہیوٗ بناوِتھ۔

سالہٕ ریٛنہِ آسہٕ ماژٕرأ ژپیٹھٕ وَنہٕ وان تہٕ گوٛان، ووٗنی ٲس نہٕ تمن کانٛہہ ہکبتھ روٗزمٕژ ۔تموٕ اوس سوٗنچمُت زِ مہرازٕ اگر ساڈِ داہہِ بجہِ دژاوتہٕ وارٕ کارٕ واتہِ باہن بجن تام واپس مہرٕنی ہتھ......

مگر باہ تہِ بجایہِ ، اکھ تہٕ بجیہِ ...............مگر مہرازٕ سُنٛد تہٕ مہرٕ ینہِ ہُنٛد نیب نشانہٕ چھُ نہٕ کُنہِ ۔یوٚتام سالرٕ عمن پیٛیہِ وارٕ وارٕ ٹینٹس منٛز ہنٛدٕر۔

ہیوان دِوان ووت مہرازٕ لالہٕ رأژ ہٕنٛدِ ساڑٕ ترِیہِ بجہِ مہرِنی ہتھ گرٕ پٔتن واپس ۔سالرنہِ ووژھ منٛز ہنٛدٕ رِتہٕ لوٚگکھ وَنہٕ وُن ۔نہٕ ٲسی دٲری کُنہِ تہٕ نہ آسہِ ونہٕ وَن واجنہِ صحیح ڈھنگ چہٕ ۔ یُتھ تُیتھ کوٚرُکھ کیٛنہہ تہٕ وُنہٕ ہس براژوٗنے۔

پوٗژے أنٛدری زٕژٕ چھکھ تراوان
وأرِچہٕ وتہٕ چھکھ پرٕزناوان

راتھ گیہِ سارِنے ڈاکرتہٕ وُتی پنہٕ عمن بسترن منٛز صُبحہِ پانٛژِ بجہِ ۔اڈیوٗرٕ

نمازتہٕ أڈی شوٚنگی نمازِ روٚستے۔ یُس صُبحٕ پانٛژٕ بجہِ شوٚنگہِ سُہ کرٕ بجہِ ووٚتھہِ ہنٛدرِ۔
مگرووٚنی اوس لوٚکن سال کوٚرمُت تہٕ أسی تٕمچ تیأری کرٕنی۔ ژور ہتھ زنانہٕ تہٕ
ژور ہتھ مرد۔ مردن اوس گوڈٕ بتہٕ کھیوٚن تہٕ اِد زنانن۔ مگر مرد گٔیہِ یوان یوان
ترٛیہِ بجہِ تہٕ ہیوتکھ سمُن۔ ژور بجہِ دیتکھ مردن بتہٕ مگروُنہِ أسی نہٕ آمتی سأری
ساہری کینٛہہ۔ سالہِ بتہٕ کھنبس چھُ اکھ گأنٹہٕ لگان۔ پانٛژ بجہِ موکلیو ییمو سال
کھیتھ ووٚنی اوس باسان ہوان دِوان ماواتہِ بچارِہن زنانن وأرِی۔ مگر پتہٕ
وَتہٕ آیہِ سأری أمس زنانہِ بتس پٔزارنگ سزادِوان تہٕ چھُ أمی ہے ٹلن۔ دوٚیم
سب گٔیہِ شروٗع تہٕ طشت نأروأژ مگر سوتہِ گٔیہِ تمن مردن کُن ییم ژٕپری أسی
آمتی۔ درواز ژایہِ تہٕ طش نأرژایہِ تمن پتہٕ۔ اِد امہِ کھوتہٕ کُس گوٚقسمت وول!

ستہِ بجہِ وأژ بچارہن زنانن وأرِی۔ زن آسہِ ہنٛچھنہِ آمژ۔ زن اوسُکھ نہٕ
تمن عزتہٕ پٔژ ہمُت۔ وارِیاہ زنانہٕ وژھایہِ شبہِ بجہِ تھوٚدتہٕ دژایہِ ٹینٹ منٛز نمبر
دوٚیکھ اسہِ چھنہٕ بتہٕ کھیُن۔ مگر صاحبِ مأ لک اوس درواز س پیٹھ بہتھ تہٕ تٔمی انہِ
درواز پیٹھہِ واپس۔ أٹھ بجہِ موکلووزنانو بتہٕ۔ شام بانگ أسکھ کرتام پٔرمٕژ۔
ووٚنی أس خفتن نماز تیار۔ انہِ گٹہِ اوس سأرِے نال وُلن ہیوٚتمُت تہٕ زنانہٕ
دژایہِ سال کبتھ۔ زنانن اوس بتھس پیٹھ شرارت تہٕ زبأنی پیٹھ ووہوتِکیاژِ
ووٚنی کوٚت گوٚھن تمہٕ۔ ووٚنی کرواتن گرٕ...... تام اوسُکھ کھوٚن وُٹھج سال۔

☆☆☆

# ثواب کھوٚتُم الٚس

تِمن أس مأنزراتھ تہٕ بہٕ اوُسس تِمن ہمسایہِ خاص۔ ڈیپوٕ أکس دیوارس أسی زٕ درواز۔ اکھ اوس تِمی سُند تہٕ بیٚاکھ اوس میون۔ سُہ اوس واریاہ بوٚڈ مُہنیوٕ تہٕ مکانہٕ بدلہٕ أسس حویلی۔ باغہٕ بدلہٕ أسس زمینہٕ کنالہٕ ژومبرٕ۔ تُمس أس نہٕ کانٛسہِ ہنٛدِ مددٕچ ضروٗرت۔ سُہ اوس پرٛتھ معاملس منٛز سبٹھاہ خودکفیل۔ امیری یک طرف تٕرٛ آوِتھ اوس سُہ دلہٕ بوٚڈ تُمس اوس خداین سبٹھاہ سوٗزمُت تتھ ءستی أسنس سبٹھاہ بڈٕ واَنٛج تہِ دِرٛہش۔ بہٕ اوُسس چونکہِ ہمسایہِ خاص۔ دپان ہمسایہِ اگر رُت آسہِ ہٕنٛدٕ رچھِ یِوان اصل پاُٹھی۔ بیٚہ اوُسس بہٕ تہِ وَنان بہٕ تہِ کرہا أمی ہٕنٛدِ خاطرٕ کینٛہہ۔

تُمس اوس سأری ہے حویلی زوٗل گرِتھ۔ ہال اوس سجاَوِتھ تہٕ دیوارن تہٕ دارین اوس زوٗل اویزان۔ یُس نپہٕ نپہٕ کران اوس۔ وہ زُل وہ زُل اوس مہرٕ نہٕ ہٕنٛدی پاُٹھی چمکان۔

یہِ اوس رحمت خان تہٕ أمس أسی زٕ نیٚچوی۔ از اوس گوڈِنکس نیٚچوِس خاندر۔ خاندرس اوس بڈٕ دھوم دھام۔ أمس أس زنانہٕ تہِ سبٹھاہ جان تہٕ مےٚ أسی بأے جان وَنان۔ سو أس کتھِ کتھِ پیٹھ وَنان "یہِ خاندر چھُ بأے جانس

نکھس پیٹھ تہٕ بہٕ تہٕ اوسُس نہٕ انکار کران کینٛہہ۔

وونی اُسس مائزراتھ تہٕ ہالس منٛز اوس بچہ نغمہٕ چلان تہٕ گوٗن واٲلی اُسی آسمانس کھٲتی ہتی۔ تمو اوس سورُے محلہٕ نکھس تلُمُت۔ بوزن والین اوس مزٕ آمُت۔ تمن اوس ژرکہِ نستہِ گوٚ دتہٕ ناوتھوٚد۔ مےٚ تہِ ژہنی کھشرِ پاےٚ جامس زنگ تہٕ ووٚنم صاحبِ مالکس یعنی رحمت خانس۔

''اگر جناب کانٛسہِ رنٛدرکھسہِ میون گرِ چھُ حاضر بہٕ تھاوٕ پننس ہالس بستر تر اُوِتھ لیس شونٛگن آسہِ سہٕ شونٛگی میانہِ گرِ عاش کُرِتھ۔ بیٚیہِ تہِ اگر مےٚ لایق کانٛہہ آسہِ کینٛہہ بہٕ چھس حاضر''۔

رحمت خانس زن تہٕ ژاو دارِ کنی اٲنز۔ اُمی ووٚن یکدم۔

''اِدبیٚتہِ چھِ واریاہ مردیم دپان چھِ اُسی شوٗنگو۔ گوٚہ ژ گرٕ بہٕ سوز کھتو ری۔ مےٚ کُڈ خاندارنی سو تہِ اُس تُتی تہٕ ووٚنمس۔

ژ تر او گرِ سارُی ہے ہالس بستر تہٕ مہمان ہن تو ری۔

سو وُژھم تور........'' مگر مےٚ چھنہٕ گرِ کُہنی...... تتہِ چھُ گُلف''۔..... مےٚ ووٚنمس تم ہے روزن ژےٚ کیا پچھے کرُن۔ ژ تھاو گرس گُلف ووٚتھے۔

پٔژھی آیہِ تہٕ شونٛگی میانٛس ہالس منٛز تہٕ ترٛ ووٗکھ آرام۔ بہٕ اوسُس خوش زن تہِ اوس مےٚ لاس لوٚ بمُت۔

رحمت خان آو کالہِ ژِپری مےٚ نِش تہٕ ووٚنُن۔ ''ہے بابا مےٚ حٕض چھُ بیمہٕ
صأب سُہ چھُ وَنان مےٚ دِجاے شوٚنگنس۔ چون حال چھُ بُرِتھ۔ بہٕ کوٚت نمن سُہ''۔
مےٚ کھوٚت شانن وارے ماز۔ دپان چھنا خوجن دوٚپنم پھٹ کھے۔
مےٚ آیہ نہٕ پژھ۔ مےٚ ووٚنمس۔

''اِد پرواے چھا۔ بہٕ ونہٕ الطاف صأبس (نیچوس) سُہ شوٚنگہِ میانہِ گُتھہِ۔
سُہ تژ اوِپُن گُتھ ژےٚ۔ ژےٚ کیا زِبوٚ رُتھ پرواے''۔
ژُمی کوٚر مےٚ اتھواس تہٕ ووٚنم۔ ''واللہ ہمسایہِ گژھ ژےٚ ہیؤ آسُن''۔
مےٚ ووٚن اُڑکس تس گوٚو موڈٕ ے خراب ''اباژ چھُکھ پتہٕ زیادٕ ے کران۔
بہٕ کوٚت گژھ پانہٕ شوٚنگنہِ''۔

ہتاووٚنی کیا گوٚو، میانہِ باپتھ کرتہٕ برداش۔ بہٕ لوٚگس اُمس زار پار
کرنہِ۔ موخصر پأٹھی کُرن ژھوپہ تہٕ تژ ووٚن پُن گُتھ۔
خانٕد رگوٚو۔ پژھی دژاے وار پأٹھی۔ سوٗرے بستر تُل تہٕ تھوو بیٚیہِ پننہِ
پننہِ جایہِ۔ نیچو تہِ ژاو ہنِس کُتھس منز۔ سُہ چُھ وُچھان تُمس چھُنہٕ پُن لیب
ٹاپ اتھہِ یوان۔ تھیٚیہِ تھیٚیہِ ژھونڈُن مگر لیب ٹاپ دژاونہٕ گُنہِ۔ مےٚ کھیہِ زو
گگرن۔ ونہِ ہے تہٕ ونہٕ کَس گرٕ اوس سوٗرے ییلے، لیب ٹاپ کوٚت گوٚو تہِ
چھُنہٕ کانٛسہِ پَے۔ پانس ستی ووٚنم، غلام محمد اکھ اوٗ سہے زہر بادس زنگ ژھنن۔

☆☆☆

# بلاے آیہِ تتھ دوہس

''شبو۔از ہے گو ومے سخ مُشکل۔دین محمد ووتھ پننہِ زنانہِ کُن بڈ پیارِ سان۔

''کیازِ''......شبنم ؤژھس درجواب حاٗرانگی سان۔''مشکل کیا گیہِ''۔

از ہے اُسی مے کینہہ پونسہ ضروٗرت مگر اتھ چھم تنگ پھن۔ سخ عاٗجز گوس۔

وُچھو دین صابہ مے وَنیونابہ کرنوکری۔وُنی کبس ما آسہ ہکھ پریشان۔ مُلکچہِ تہٕ جہانچہِ زنانہٕ چھِ نوکری کران۔ پتہٕ چھا تمن محلہٕ نیران پتہٕ پتہٕ۔یا چھِکھ رشتہٕ دار کتھ کران۔ آنہٕ ژور چھِ گرا اژان تہٕ ساٗری چھِ عاٗش تہٕ آرام کران۔مے وَنیو تیلہِ یمہِ سکوٗلکی پرنسپلن زِ گرِ بہتھ کیا چھکھ کران یوٗری آس نیران بچن آسکھ تعلیم تہٕ دِوان بیٚہِ زینکھ آنہٕ ژور۔خبر ژے کُچھ مند چھ چھے گوھان تہٕ خبر کمیک ءکس چھے۔شبنمس کھوٚت ونان ونان شرارت تہٕ بیٚٹھ لوٚتہِ پاٗٹھی۔

مگر خاندار دین محمد اوس یُزی پاٗٹھی پریشانِ حال تہٕ ووتھس۔

وُچھی ما آس مےٚ روشان۔ مےٚ پھٕے دِلس گژھان خبر کیا۔ مےٚ گُسے چھُم

ژےٚ بغاَر۔ ژٕ چھکھ میأنی براند گنٛز، ژٕ چھکھ میانہِ زندگی ہُندا وڈ حصہٕ۔

Better half ہے بیٹر ہاف۔ ژٕ چھکھ تہٕ بہٕ چھُس۔ ژٕ نےٚ بہٕ تہٕ نہٕ کہنہٕ۔ ژٕ

چھکھ میانہِ دِلُک قرار۔ میون دِل تہٕ میوٗن جان“۔

”تھاوتھاووٗنی ...... ووٗنی وَنکھ خبر کیا کیا“۔ شبنم وُٕژھ خاندارس کُن۔

”وُچھے اتھ ہے وَنان نارٕ وِزِ کیٛوٚر کھٔنُن۔ ادبی گژھ کر نوکری۔ وَن

أمس ماسٹر جیس تہٕ گژھ۔ یہِ سکول چھُے بیٚیہِ گرس نزدیک۔ جَل جَل آسکھ

واتان واپس تہٕ شُرٕ بن آسکھ خیال تھاوان......“

”ٹھیک چھُ یوٚ تام شُری آسن سکولہِ پٹھ یِوان توٗ تام آسہٕ بہٕ تہٕ

واتان......مگر اکھ کتھ ......شُر بن تہٕ گرس چھُے ووٗنی ژےٚ تہِ آسان خیال

تھاوُن......“

”آہن ساتہٕ اِدٕ کیا“......تُمی دُیٚت زن تہٕ زنانہِ وعدٕ۔

دویمہِ دوہ وُٕژھ شبنم جی صُبحس تہٕ دِژن سارِنے باُژن چاے بناُوِتھ،

سارِنے دیُتن بتہٕ لنچ بکسن منزٕ ستی تہٕ پانہٕ دژ ایہِ پھیکس پٹھ پرٕس ہبتھ ہایی

ہیل چینٛہٕ لأ گِتھ، وُٹھن ووز جارٕ رژھا کرِتھ، أچھن سورمہٕ تُجاہ لأ گِتھ سکول

کُن۔

ماسٹر جی گوٚو واریاہ خوش۔ سُہ اوس أمس واریاہ زارٕ پارٕ کران نوکری

باپتھ۔ دِلس زن أ ٲسس دگ ووتھان ییٚلہِ وُچھان اوس أمس دینہٕ اڈٕ کأیِس أس ایم اے زنانہٕ باگہٕ آمژ تہٕ أمۍ بہنأوسو گرس منٛز۔ حور کے بغل میں لنگور ہیؤ اوٗسس باسان۔ پانہٕ اوس بی اے گرِتھ مسا مسا کلرک لۆ گمُت مگر قسمتھا اوٗسس زنانہٕ ٲسس پرٕ مژ لیچھمژ، بیٚیہِ زٕنہِ ہٕنڈی پأٹھی گاہ ژ اوان۔

دین محمد اوس از أنٛدری گلان۔ سوٗنچان اوس خبر لۆ کھ کیا وَنن...... مول موج یُس گامس منٛز ژ وومُت اوٗسن خبر تِم کیا وَنن۔

مگر...... از اوس أمۍ فأصلہِ کۆرمُت زِیُس تہِ کانٛہہ کینٛہہ وَنہِ سُہ دیہِ پانہٕ تمن جواب۔

شبنم ٲس اورٕ یِوان تہٕ گوڈٕ دانہٕ گُٹھس اژان تہٕ چاے بناوان۔ سأری ٲسی آسان چایہِ پرٕان۔ امہِ پتہٕ ٲس پانس تہِ چاے چٚیوان تہٕ شامُک سۆز کران۔ یہِ ٲس اورٕ ے سبزی بیترِ انان تہٕ ٲس رنان۔ وارٕ وارٕ ٲس ووٗنی ماز تہٕ کو کرتہِ اورٕ ے انان۔ کُنہِ ساعتہٕ ژامن تہٕ کُنہِ ساعتہٕ ٹھۆل تہِ مٔلی ہوان۔ شامس تانٛی ٲس رنان تہٕ پاکوان۔ تیار اوس گژھان تہٕ کھنبس ٲس وأری آسان وأژھمژ۔

دین صأبن تہِ کۆر آراہِ۔ پوٗنسہٕ رٕنگی، کھنہٕ رٕنگی، چینہٕ رٕنگی تہٕ پلو پوشاکہٕ رٕنگی۔ گرُک گرٕ اوس خوش تہٕ خوشحال گومُت۔

مگر شبنم کرأ س ہَندِ رکران ...... کیا اُس کران...... کتھ اُس یہِ سورُے اَنزراوان اتھ اوس نہٕ کانٛہہ سنان۔ یوٚتام اَمس گوٚ وسورُے نالی۔ اَنُن، ژارُن، شیرُن، رَنُن، بروٗنٛٹھ کُن واتناوُن، چھلُن، چھوکُن، پریس کرُن، گرس واتُن، شُربن واتُن، خانٛدارس خیال تھاوُن، مبارکن تہٕ تعزیتن گژھُن یہِ سورُے اوسُس پانٔسے مٹہٕ۔

خانٛداریاشُری اَسی نہٕ وُچھان ہتایہِ تہِ ہے تھَکِتھ ژھینٛتھ آیہِ۔ اَمس تہِ ما گوٚژھ آرام۔ زنانہِ ہنٛز نوکری گیہِ آرام تہٕ عیش تہٕ مردٕ سنٛز نوکری گیہِ محنت تہٕ مزوٗری۔ سارِوٕے اُس یہِ تژ واٴمژ شبہ ڈلتھ۔ واپس یِیہِ تہٕ پانٔے کرِ۔

وارِ وارِ اُس یہِ تہِ تھکان مگر اَمی سُنٛد تھکُن اوس نہٕ مُجرٕ ہی یوان۔ اَمس اوس دوددگ آسان یہِ اُس نہٕ کانٛسہِ وَنان تکیازِ زٲنتھ اوس نہٕ کانٛسہِ اثرٕ ے گژھان۔ منٛزی منٛزی اَسی تتھ دوہس کوساں یمہِ دوہ امہِ نوکری، تکیازِ ساٴری گرن کوٚر آرام مگر اَمس روو آرام تہٕ قرار، ہَندِ تہٕ سوکھ۔

اکہِ دوہہِ اُس شبنم سکول پٔتھ واریاہ تھٔکِتھ آمٕژ۔ سکولس منٛز اوس کیہتام دوہ تہٕ اوس منسٹرس یُن۔ ٹیچرن اُس منسٹرس ستی کتھ باتھ کرٕنی۔ توٚے گوٚو یمن واریاہ ژیر۔ شبنم واٴژ ژیری پہن گرٕ۔ چایہِ پژاران پژاران اُس بچن ہَندِ رنیمژ تہٕ دین صاب اوس ٹیلی ویژن وُچھان۔ یتھ پٔتھ منزِ دار میچ اوس چلان۔ شبنم ڈٕزاٴندری۔ میچ اوس ضروٗری مگر شُربن چاے دِنٕی نہٕ کینٛہہ۔

شبنمن کوٗ روٗلی ڈُلی کِچنس منزا ورِ یورِ تہٕ پیٛنس ہنٛدِر، تھٕچ منزٕ اُس نا۔

ییٚلہِ شامس داہ تہِ بجایہ میچ تہِ موکلیو وتہٕ دین صاٗبس لُج بوٗچھ۔ یہِ ووٚتھ شبنمس کُن تہٕ ڈٕژنس زیر...... ''ہے شبنو رانی، شبنم رانی...... ووتھ وُنی دی بتہٕ پھوٚلا۔ سارِنٕے آسہٕ بوٗچھِ لٔجمٕژ۔ تُلکھ شُری تہٕ دِکھ بتہٕ''۔

شبنمہِ ژھاے چھن مورن مورن دِوان سیٚون وُشہٕ نوٗن تہٕ ترٛاوُن دستر خوان۔ ییٚلہِ ساری پیٹھی دستر خوانس اَندی اَندی۔ اَمی تُل بتس ٹھانٛڈ۔ ''ہاے کیاہ گوم''...... اَمی دیٚت اتھٕ اَسس تھوٚپ۔

اتہِ اُس بتہٕ لُج خاٗلی۔



# مصنفہ کی اشاعتیں

ا......غنی کشمیری حیات اور شاعری

۲......فارسی کی طرف پہلا قدم

۳......فارسی کی طرف پہلا قدم......جدید ایڈیشن

۴......شہر ہائے نور (سفرنامۂ حج)

۵......غنی کشمیری۔جدید ایڈیشن

۶......فارسی کی طرف دوسرا قدم

۷......چنار کے برفیلے سائے (افسانوی مجموعہ۔اردو)

۸......خاموش آسمان (افسانوی مجموعہ۔اردو)

۹......روزن پہ میرے چاند (افسانوی مجموعہ۔اردو)

۱۰......وائنجہِ وٹھ ( افسانوی مجموعہ۔کشمیر)



زیرِ طبع

شاہنامہ کشمیر

یادگارِ ایران

میرے مضامین

# WAENIJI WATH

**DR. NEELOFAR NAAZ NAHVI**

مصنفہ کی اشاعتیں:

- --غنی کشمیری حیات اور شاعری ۲۰۰۲ء
- --فارسی کی طرف پہلا قدم ۲۰۰۶ء
- --فارسی کی طرف پہلا قدم --جدید ایڈیشن ۲۰۰۸ء
- --شہر ہائے نور (سفرنامۂ حج) ۲۰۱۰ء
- --غنی کشمیری۔ جدید ایڈیشن ۲۰۱۱ء
- --فارسی کی طرف دوسرا قدم ۱۰۱۲ء
- --چنار کے برفیلے سائے۔ (افسانوی مجموعہ) ۲۰۱۳ء
- --خاموش آسمان (افسانوی مجموعہ) ۲۰۱۵ء
- --چاند میرے روزن پہ (افسانوی مجموعہ) ۲۰۱۸ء
- --وآنجہِ وَتھ (افسانوی مجموعہ) ۲۰۱۹ء

زیر طبع:

شاہنامۂ کشمیر

--یادگارِ ایران

--میرے مضامین

Cover Design by

HaariSQuadri


ISBN: 978-93-5396-413-9